# موچھِ منٛز تاپھ

(افسانہٕ سۆمبرن)

رحیم رہبرؔ





موچھِ منٛز تاپھ



| | | |
|---|---|---|
| کتابِ ہُند ناو | : | موچھِ منٛز تاپھ |
| مصنف | : | رحیم رہبرؔ |
| سنہٕ اشاعت | : | 2022 عیسوی |
| کمپیوٹر کمپوزنگ | : | سید ضمیر اندرابی |
| مول | : | Rs.500/- (پانٛژھ ہتھ روپیہِ) |
| روزن جاے | : | آزاد کالونی، پیٹھ کانہامہ، ماگام کشمیر۔ |
| پوسٹ آفس | : | ماگام-193401 |
| فون نمبر | : | 9906534724 |
| ای میل | : | rahimrehbar@gmail.com |

# انتساب



## ترتیب

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

## گوڈٕ کتھ

کہانی میری روداد چمن معلوم ہوتی ہے
جو سُنتا ہے اس کی داستان معلوم ہتی ہے

وونٛی ییٚلہِ مےٚ سِریس أنٛدی أنٛدی ترأٹھ چکرٕ ہ کال گٔری پوٚ زمیأنٛی زخم چھِ وُنہِ تہِ رٕسان۔ دگ چھےٚ حأران سو کمہِ زخمہٕ پیٹھٕ ووتھِ! یَمن زخمن ہُند کرب چھُ بذأتی میأنِس کینواسس پیٹھ افسانہٕ بٔنتھ ووتلتھ یوان۔

موسم یُس تہِ آوداغ ترأوِتھ ژٔول۔ مےٚ اوس نہٕ طاقت زِبہٕ کیا کرٕ ہا کرٕب کریوٚٹھ حالاتن ہُند مقابلہٕ وٚوں گوٚو خدایٚن چھُنم تخلیق کأری ہُند فن craft عطا کوٚرمُت ییٚمہِ کِنیٚ مےٚ کرب احسأسی دورِ پیٹھ افسانٛچ پیٚنٛز کھأتِلتھ مواد بنیاو۔ My every pain is my story۔

زِ ساس کُنوہ پیٹھٕ مارچ زِ ساس زِ توہس تام پیٹھٕ تِم سأری اِدارٕ ٹھوٚلن یَمو ذٔریعہٕ بہٕ پٔنٛز تخلیق لُکن تام واتناوان اوسُس۔ یَمن ادارن منٛز چھِ ریڈیو کشمیر سرینگر،

دۄ ردرشن کینِدرٕ سرینگر، ریاستی کلچرل اکادمی۔ یِمہٕ ترٛیشوے ادارٕ ؤلی حالاتن ہٕندِ وجہ واون۔ یہ کاّم ہیٚژ سوشل میڈیاہن مٕتہِ۔ تہٕ ازتام چھُ سوشل میڈیا کُنہِ تھکہٕ بغاۓر تخلیقی سرگرمیٚن پوچھر دِوان۔ سوشل میڈیاذٕسی وٲتی میأنی درجن واد افسانہٕ میانہٕن بوزن والیٚن تام۔ میانہٕن واریاہن افسانن پیٹھ گوٚ وصحت منٛد تنقید۔ مشہور ومعروف نقاد، محقق، ناول نگار تہٕ تھیٹرباز ڈاکٹر سوہن لال کول صأبن کوٚر میانہٕن درجنہٕ واد افسانن پیٹھ تبصرٕ۔ تِم سأری افسانہٕ چھِ درِدَس افسانہٕ سوٚمبرن ''موچھِ منٛز تاپھ'' کتابہِ اندٕر درج۔

سوشل میڈیاہس ہِتی ہِتی چھِ میانہِ وادی منٛز شایع سپدن والیٚن کینٛژن اخبارن منٛز باضابطہٕ پأتھی ادبی صفحہ محفوظ تھاونہٕ آمٕتی یِمن منٛز دوہدِش ادبی سرگرمین ہٕندِ حوالہٕ خبرٕ چھپان چھےٚ۔ کأشرِ ادبُک دبستان سأراب کرنس منٛز کوٚر سوشل میڈیاہن تہٕ اخبارو اہم رول ادا۔ یِمن اخبارن منٛز چھِ شہربین، سنگرمال، کشمیر عظمیٰ، سرینگر ٹایمز، گریٹر کشمیر، ندائے کشمیر، تامیل ارشاد، خبر ونظر تہٕ آفاق اخبار قابلِ ذکر۔

سوشل میڈیاذٕسی آے آن لاین ادبی پروگرام منعقد کرنہٕ۔ شأعری ہِتی ہِتی آو نثری ادبس پیٹھ تہِ آن لاین پروگرامن ہُند بندوبست کرنہٕ۔ یہ سلسلہٕ چھُ جأری۔ یِتھہٕ پأٹھی کوٚر ریڈیو کشمیرٕ ئتی ادارو آن لاین پروگرام کٔرِتھ کأشر زبان وادبس سوٚ چھ۔ یِمن سأرِنے ادارن شوٗبہِ دادتہٕ شاباش۔

مشہور ترجمہ کار، افسانہٕ نگار تہٕ دأنشور جناب مشتاق برقؔ صأبن پھِری



واریاہ افسانہٕ انگریزی زبأنی منٛز یہ بنیاو میأنِس افسانس دُنیاہس پھیرنُک سبب۔ ادبی انجمن ہٕندی ذٕسی ووتُس بہٕ عالم لۄکن تام یِمن ادبی انجمنن منٛز چھِ دبستانِ ادب رفیع آباد، بزمِ شعر ادب سنگرمال، جموں وکشمیر ثقافتی ادبی مرکز بڈگام، ریڈیولسنرس ایسوسیشن کشمیر، فکشن رائٹرس گلڈ، گلشن کلچرل فورم کشمیر تہٕ دایرادب دلنہ بارہمولہ قابلِ ذکر۔

ناس تراس حالاتو تہٕ معاملاتو کوٚر مےٚ عالمی ادب تہٕ عالمی افسانہٕ پرنُک وکھ میسر۔ مےٚ اون افسانہٕ پرانیو گوپھو تہٕ غارو منٛز کڈِتھ۔ مےٚ بنوو دُرس دنیاہ پننہِ افسانُک محور۔ مےٚ کوٚر کامکاؔ، ٹالسٹاےؔ، گورکھیؔ، خیل جبرانؔ، سلیم خان ہمرازؔ، منٹوؔ، سلیم اخترؔ، آپا بیٚیہِ تہِ انگریزی عربی، فارسی تہٕ اطالوی زبأنیٚن منٛز کرنہٕ آمٕتی افسانن ہُند مطالعہٕ۔ اوے کٔریوٚ تُہہِ (قارین کرام) محسوس زِ میون افسانہٕ چھُنہٕ ہرگز تہٕ روایتی فریمس منٛز قأد۔ میون افسانہٕ چھُ فریمس منٛز پرانیٚن ریوٚایژن مٔشرِتھ نٔوی فِکر ووتلاوان۔

مےٚ ہرگاہ تُہہِ روایت شِکن ؤنیوٚ حق تہِ پوٚز چھُ۔ میانٮ۪ن افسانن منٛز پیش کرنہٕ آمٕتی وقانہٕ یا گایلہٕ دِن توہہِ دِکرِ درسہٕ تِکیازِ بہٕ چھُس نہٕ افسانس منٛز دگل دوستی ورتاونُک قأیل۔ تکیازِ افسانہٕ چھُ زندگی ہٕنٛز ژھاے تہٕ زندگی چھےٚ پانہٕ اوڈُے افسانہٕ۔

''موچھِ منٛز تاپھ'' چھےٚ میأنی ہٕم افسانہٕ سوٚمبرن۔ افسانہٕ گران چھُس بہٕ زہرِ

ہلال دامہٕ چێوان۔ بۆز رچھُ یہ زِمےٚ کوٚر افسانس ستۍ خاندر۔ بہٕ چھُس ووٚنۍ پنٕنس افسانس ستۍ زُوان۔ I live with my Afsana۔ بہٕ چھُس پنُن افسانہٕ پانس لرِ ساٗوِتھ فکرِ ہنزِ مۆلکایہ پاٗران تہٕ تس زُلف خمن واش کڈان۔

قارین محترم! بہٕ چھُس بختہٕ بوٚڈ امہِ موجوب زِ بہٕ کوٚر روس توہہٕ قبول۔ تُہند لول چھُ میانہٕ باپت کوہِ نوٗر۔ تُہۍ رۄزِیوٗ سلامت۔

بہٕ چھُس تمن قارین کرامن ہُند تہٕ سبٹھے مشکور یمن ناحقے میون افسانہٕ کھران چھُ تہٕ پتہٕ چھِ فتویٰ جاری کران۔

افسانٕچ بنیاد Technical ground گژھِ کُنہِ ہزرس پٹھ ڈ رِتھ آسُن۔ ادے روزِ سون افسانہٕ زندہ تہٕ قابلِ بقا Sustainable بنہٕ۔

ہم فقیرو سے کیا پوچھتے ہو داستان محبت
ہم تو بے وفاؤں کو بھی جینے کی دعا دیتے ہیں!

If you feel pain you are alive, if you feel others pain you are a human being

میانٕیو رفیقو تہٕ دردِلو! یتھ سوٚمبرنہِ منز شامل اکھ اکھ افسانہٕ پٔرِتھ کریوٗ تُہۍ انسانی دگ Human pain محسوس۔ مےٚ چھُ بقولِ امریکی معروف افسانہٕ نگار ’’پوٗ‘‘ ’’Poe‘‘ مُلہٕ بیان کرُن نہٕ زِحل کرُن۔ نہ چھُ مےٚ افسانس منز مفتی یا منصف سُند رول۔



میانٕن افسانن منز کریوٗ تُہۍ ضرور تبدیلی change محسوس۔ بہٕ چھُس بڈٕ آتی اکھ ڈلیلہٕ گوٚر Story teller۔ بہٕ چھُس ژھوپہِ ظلم مانان۔ تکیازِ ژھوپ چھِ ژھوپہٕ کرٕنۍ چھےٚ ظلمس مدد کران۔ ژھوپہٕ چھےٚ بنی آدمس کمزور بناوان۔

The world suffer a lot not because of the violence of the bad people, but because of the silence of the good people. (Napleon)

آخرس پٹھ چھُس بہٕ پننس رفیق تہٕ شفیق دوست ڈاکٹر ستیش وِمل صابُن شکریہ ادا کرُن واجِب زانان۔ یمو ہمیشہ میانٕی تکنیک، میانٕس کرافٹس حوصلہٕ افزائی کٔر۔ بہٕ چھُس زندگی ہندِ حوالہٕ پننٕن افسانن رنگ بران۔ مےٚ چھےٚ پژھ میانٕن قارین کرامن ہِن میانٕی افسانہٕ پسند۔

یا تری فکر بہٕ کیا چھُس تہٕ بنکھ سونتہٕ ہوا
یا اٗش وانہِ لیکھکھ میون یہ افسانہٕ پگاہ

( نگہت صاحبہ )

رحیم رہبرؔ
۲۰/اپریل 2022

## خابن ہُند جنگل

مےٚ کوٚر شُنِس منٛز وٕھلِو سفر!

مےٚ ہیٚژ سِرلیس گاڈ بزِتھ!

مےٚ کٔر سٕدرس پھٕٹِچ!

مےٚ کوٚر تلپتا لُک کُنیٚر سَرٕ!

مےٚ وُچھ سپنہِ لعل ڈمب!

مےٚ نٔہنو ومیلہٕ کنہِ فأصلہٕ!

بہٕ آس باضے سکندٓر تہٕ باضے پورٓس بٕنتھ!

مےٚ بسوٹاریٚن منٛز نٔجدٕ وَن!

سہُ ایاز اوُسس بٕے تیٚمس محمودٓ ماشوق اوس۔ بٕے اوُسس غزأ آلی، سہُ رومی اوُسس بٕے تیٚمی شہرِ ادراکس پیٹھ حکمرأنی کٔر۔ سہُ کامنٓکا چھُس بٕے تیٚمی لفظن گُرِ کرِ۔

مےٚ کوٚر دعویٰ............۔

There are two ways to be fooled. One is to believe what is not true. The other is to refuse to accept what is true.

خابن ہٕندِس جنگلس منز روٗدُس بہٕ از تام فریمس پٕنِس رنگن ہٕندی گچھ



کران۔ بہٕ آس باضے خوبصوٗرت تہٕ باضے بصوٗرت تصویرٕ ووتلِتھ۔ خبر کأتھن سٹالن پیٹھ گوس بہٕ از تام کھوٹیٚن پأنسن نیلام۔ میون مول روٗ دنہٕ زانٛہہ تہٕ ڈنجہِ۔ مےٚ کھول منصوٗر دارس، مےٚ پوٚ رانٓا لحق، بہٕ چھُس خود روپوشن منٛز کھٕٹِتھ بِچ۔

''ژٕ ے......ژٕ ے چھےٚ بذأتی خوٚنچ تریش'' تٔمی ملنگن وٚون مےٚ شرارتہٕ سان یُس مُنل ضر کہٕ لأ گِتھ گوپھِ گُلِس پیٹھ بِہتھ تمبرِ برہناوان اوس۔ تٔمی دیُت خأصِس کُنے دام۔ خوٗنہٕ کولہٕ کرٕث کٔرِتھ دیٚتُن رَتہٕ ئری اتھو بٕتھِس پھش۔

''سِر یہِ پھیوٗ رافروٹھ بالہٕ پٕتی کِنیٚ''۔ ملنگن وٚون مےٚ سِرلیس کُن اشارٕ کران۔

''اِد......پتہٕ......پتہٕ کیاہ گوٚو؟'' مےٚ پرژھ ملنگس۔

''نمازِ دِگر گرٕث ھِاتھِ'' تٔمی دیُت وُتاوٗلی منٛز جواب۔

''ژٕ......ژٕ چھُکھ بےٚ وضوٗ......ژٕ ے چھُے رَتہٕ بٔرِتھ پلو......چأنی نماز چھس ہٕ دُرس''۔

''یتھ جنگلس منٛز چھےٚ پرٛتھ اکھ عمل جأیز۔ یتھ جنگلس منٛز چھےٚ رَتہٕ وانہِ وضوٗ کٔرِتھ نماز دا گرٕث ھان۔ یہٕتہِ چھُ جنگلی راج مخلوقاتن پیٹھ نأفذ۔ زلُر چھُ زال پیران۔ گُنسہٕ چھےٚ زہرسوٚ مبران۔ ہہہ چھِ مورچن پیٹھ بٕثھِ وہرأ وِتھ زاگہِ بِہتھ۔ رامہٕ ہوٗنی چھِ شکارس پراران''۔

رامہٕ ہوٗنی ناو بوٗزِتھ ژوٚل ملنگن ٹھاہ ٹھاہ کران اسُن نیٚرِتھ۔

''رامہِ ہۆن ناو بۆ زِتھ کیازِ گے اُسن وِکر''۔ مےٗ پرژھ حاۤرآنی سان ملنگس۔ ''کاش رامہِ ہۆنی سُند اصول پانہٕ ناوِ ہکھ''۔

''مثلن!؟''......مےٗ پرژھ ملنگس حاۤرآنی سان۔

''مثلن......رامہِ ہۆن چھُنہٕ غولٲمی پسند کران۔ رامہِ ہۆنس چھُ عزتِ نفس سکھ ٹوٹھ آسان۔ رامہِ ہۆن چھُنہٕ ژھیٚوٹ یامُردار کھیٚوان۔ رامہِ ہۆن چھُنہٕ پننہِ خاندارنہِ ہِندِ بغاۤر کاۤنسہِ ووپر ہونہِ کُن نگاہ کران۔ رامہِ ہۆن چھُنہٕ بُجرس منز پننِس ماۤلِس ماجہِ ترآوِتھ ژلان۔ صحت مند رامہِ ہۆنی چھِ بیمار، کمزور، ناتوان تہٕ وآنسٹھ رامہِ ہونہِن کھیاوان تہٕ چۆکدری کران۔ رامہِ ہۆنی چھِنہٕ نظمس خلاف کران۔ اوے چھُ رامہِ ہۆن منگولن تہٕ تُرکن ہُند قومی جانور''۔

''تیلہِ چھا یہ کہاوت غلط، گیہِ بُتھِ رامہِ ہۆن؟''۔

''ہتھ فیصد غلط''......ملنگن دیُت خشمہٕ ہۆت جواب۔

''گیہِ بُتھِ انسان، نِچ، زلُر، خبر کیاہ کیاہ''۔ میون سونچ گۆ وشنیاہ۔

''کمن گوتن گوکھ؟''۔ ملنگن پرژھ مےٗ حاۤرآنی سان۔

''حضرت! دراصل چھِ خابن ہِندِس جنگلس منز تتھی وُ ریبہٕ خیال یوان''۔

''نہ نہ اَے اجنبی مسافر آمی خیال ییٚلہِ زیٚوان چھِ تتھ چھِ زاۓتی خاب بنان۔ پزر چھُ پی زِ اتام آو انسان وِہی بدلاۓ وِتھ وِزوِزِ کمزور، غریب تہٕ ناتوان انسانن پیٹھ ظلم کران۔ جنگ، قحط، لوٗٹھمار، قتل و غارت اتھ سارے تباہی پتہٕ کنہِ چھُ بس اکُے مقصد......بالادستی۔

بالادستی......طاقتورٕ سنٛز کمزورس پیٹھ۔

بالادستی......امیر ٕسنٛز غریبس پیٹھ۔

بالادستی......سفید فام ٕسنٛز سیاہ فامس پیٹھ۔

بالادستی......قونۆچ۔

بالادستی......تاۤرِیخ

اوِ پتہٕ گۆو ملنگ سوکھِ موکھِ خاموش۔ تہٕ ژاو لارِ ہۆتُے گوپھِ منز۔

''ہیے قلندر۔ ہیے سوزن، ہیے ملنگ۔ پاسِ خدا ٲریوٗ ووٗنی ہنا قرار مےٗ نِش۔ ووٗنی مہٕ آژیوٗ گوپھِ''۔ مےٗ ٲرعاۤجزی۔ میاۤنی عاۤجزی بوٗ زِتھ دراو ملنگ گوپھِ منزٕ نیبر۔ ٲمی روٹ میون ڈٲچھُن اتھِ پننِس اتھس منز۔ ٲمی گُنڈ مےٗ پیہرس مُدعے۔ پتہٕ پھٹر آو ٲمی خاموشی تہٕ لۆگ پانسے ستی وننہِ۔

''ہاہ اکہِ ھانگ نارزن وزن

گنٛبد وزن نہٕ دُنی دُنی گتھ

سوزن اشارٕ ستہِن بوزن

کوزن بوزن نہٕ دمامہٕ گتھ''

مےٗ لٲج نظرن کھرن۔ ملنگ ژاو مےٗ کینٛہہ وننہٕ بغاۤر گوپھِ منز۔ ٲمی کۆر گوپھِ ہُند گول بند۔ کوٗ کرن دِژ باںگ مےٗ مژرایہِ اچھ تہٕ بہٕ گوس جنگلکی حصار نِش آزاد۔

# کاژ گوٚر تہٕ اجنبی کور

گرٛشمہٕ ژنجہِ آسہٕ وتہٕ پیان تہٕ بہٕ اوٗسس پٮ۪ن بےٚ توژھ پان ہتھ تھکہٕ تھٗکہٕ پکان۔ سمیٚک ضرب اٰسی مےٚ وٗچھس رٕسان۔ میلہٕ کنہِ نکھٕ وأتِتھ پیٚومےٚ سہٗ واقع یاد تہٕ مےٚ آوسہٗ منظرٕ اٰچھن تل یُس کیٛنہہ کال برونہہ میأنِس کنہٕ اسس پیٹھ ووتِلتھ آمُت اوس۔

’’تُمی کاژ گُری کیاونے یاوتس نیم عریان جوان کورِکنس تل یوٗسہٕ وتہِ پکان پٔننہِ جسمچ نمائیش کران اٰس!‘‘ ۔ بظاہر چھُ یہ ماموٗلی واقع مگر کتھ بوٗ زِتھ یوٗسہٕ reaction یُس ردِعمل تمہِ نیم عریان کورِ ہووسہٗ اوس فِکرِ درسہٕ دِوان۔ وٕنی ییٚلہِ تہٕ بہٕ تَتھ میلہٕ کنہِ نکھٕ واتان چھُس مےٚ چھُ پانے راتہٕ کِس کھاتس پھیُر لگان! مےٚ چھِ تم دوٗنوے کردار اٰچھن دیِد مان یوان۔ کاژ گوٚر تہٕ سوٗ نیم عریان کوٗر۔ بڈٛنزا گرٛشِتھ چھِ یم دوٗنوے کردار پتہٕ غاأب گرٛھان۔ نہ سِتھ تہٕ نہ صدا۔ یتھٕ پأٹھی چھُ میلہٕ کنہِ نکھٕ وأتِتھ میأنِس اضطرابس ہنہِ ہنہِ ہُر بٔر گرٛھان۔ پتہٕ چھُس بہٕ پانسے ستی یہ مصرعہٕ گنگراوان تہٕ پأنی پانس تسلا دِوان۔

یہ پتھروں کا ہے جنگل چلو یہاں سے چلیں
ہمارے پاس تو گیلی زمین کے پودے ہیں

(بشیر بدرؔ)



کامہِ پیٹھٕ واپس یتھ اٰسی مےٚ گرِ ییٚہِ تمے برأنتی گرٛھان۔ مےٚ اوس پھِری پھِری سےٗ سوال لاشعوٗرس تلاوِ پیٹھٕ ووتِلتھ یوان، تُمی کاژ گُری کیاہ وٚون تس نیم عریان کورِکنس تل! بہٕ اوٗسس سوالس کشنہِ لگان۔

’’تمہ اٰسی میلہٕ کنہِ ہٕندی جِن یمو چون ظوٗن ہلکأری کوٚر‘‘۔ خاندارنہِ وٚون مےٚ شرارتہٕ سان۔

’’نا ےتہٕ حوری! پتہٕ کوٚت گےٚ تم؟‘‘ مےٚ پرٛژھ خاندارنہِ۔

’’تم ننٛگلاے زمینہِ...... ژٕ ے...... ژٕ ے چھےٚ مگزن ٹاس آمُت‘‘۔ حوٗرِ وٚون مےٚ خشمہٕ ہوٚت۔ تس کھوت گلٕن رَتھ۔

’’ہتے نا ے حوٗری! تہٕلہِ...... تہٕلہِ بوزٕ ہانا بہٕ؟‘‘

’’پوٚز زدوٗ بہِ‘‘۔ حوٗرِ وٚون اسان اسان۔

’’زمینہِ ننٛگأ وارم بچار۔ سوأس سرتازٕ گوٗلاب یتھ وٕتھرن پیٹھم لوٕ پھیر موجوٗدٕ اٰس۔ تُمی سِندِ بےٚ وقتہٕ مرگن پھٹر ووخبر کأتِہٕن کمر۔ وارٕ وارٕ دوٗیُت گامن تس توٗبوٗ دِس نکھ مگر توتہٕ دیُت نہٕ تَتھ میلہِ کنہِ نکھٕ کأنسے تھکھ‘‘۔

’’تقصیر...... بلاے تس کاژ گُرِس تہٕ نیم عریان کورِ یمو ژٕ باوٕر کوٚر رُکھ۔ سو......

سوٗ میلہٕ کُنٛز تہِ روٗز بدعت۔ مےٚ گےٚ اکھ وأنس تَتھ وُچھان۔ اٰکسے جایہِ روٗبوٗ ط گأمژ۔ یوگن ہٕندی یوٗگ بدلاے مگر سوٗ میلہٕ کُنٛز چھےٚ تِژھے!‘‘

’’سوٗ میلہٕ کُنٛز چھےٚ سانہٕن کرمن ہٕنٛز چشم دید گواہ‘‘۔ مےٚ وٚون حوٗرِ۔

''ژٹھ......ژٹھؤنی کتھ'' ہؤ رِ ٹرمے اَتھس تھف۔

''ہؤ ری! بس اکہ لٹہِ پرژھ کاتس کاژ گرِس''۔

''سمکھاے نے دَے دِیو اَسہِ تہِ گژھو آزاد''۔ ہؤ رِ روون بس کُن روے گرِتھ۔ دَے اوس بوزان۔

دویمہِ دوہ دراس بہ دوہدِ شکی پاٹھی پننہِ کامِ۔ بہ یام میلہِ کنہ نکھہ ووتُس مےٚ وُچھ کاژ گوٚر اوۍ پکان۔ تمے پلو قمیض شلوار تہِ سدرِی۔ سوے ژُ کھانٹل ٹوپۍ کلس پیٹھ۔ سوے پاٚرتھ زاٚن۔ مےٚ ووٚن تس ٹھہرنہ باپت۔

''فرمایؤ......'' کاژ گرِی پرژھ مےٚ۔

''کتھ اَسہِ پرژھنۍ''۔ مےٚ ووٚن تس نرمی سان۔ کاژ گرِی تھاوُ زاٚن پتھر۔ مےٚ پرژھ تس۔

''تنہ گے برابر ستھ رِتھ بیہ اوس جولیک رِتھ۔ گرٚشمہِ ژنجہ آسہِ زمین پیٚوائ پیٚتی۔ پیٚتھی میلہِ کنہ نکھہ ووٚنتھ ژے تس نیم عریان جوان کورِ کہتام کنس تل۔ کتھ بؤ ژِتھ گیہ سونا رونار۔ سو ژٚ ج لایہ توان۔ سو کتھ کیا اَس؟''۔

''الموتُ قنطرت الحیات' سمیچ تبرکرا کہ دوہ چاٚنس منس بےٚ خبر پاٚٹھی زیرو زبر۔ موتھ چھُ زنگیہ ہُند کدل۔ اتھ کئدلس چھُ پرٚتھ اَکس تارترُن''۔

''سو کوس اَس......پتہ کوٚت گیہ سو؟'' مےٚ پرژھ تس حاٚراَنی سان۔

''سو اَس کھ مغرؤ رلڑکی۔ تس اوس حسنُک نشہ اوے اَس سو نیم عریان پکان تہ



پننہِ جسمکین حساس انگن ہنز نماٚئش کران۔ تس وُچھتھ اوس جبلژن ہندِس لاوس ہُر لگان''۔

''پتہ......پتہ کوٚت گے سو؟'' مےٚ پرژھ کاژ گرِس تعجبہ سان۔

''تمہِ کوٚر کئدِل کراس' تمہِ واَج کھورِ اتھہِ کلہ پیٹھ ٹوپۍ تہِ ننگہ تالہِ ووتھرووُن عارق۔

''مطلب'' مےٚ پرژھ کاژ گرِس حاٚرتہ سان۔

''تس بڈ ووُکھا زژؤ رِم''۔ کاژ گرِی دیُت نرمی سان جواب۔

☆☆☆

# کرم

انجلی ترٲ وماٲلِس بَب اٲسَس تہٕ روزُس مدے گنڈِتھ وُچھان یوٚ تام مول ژٕ ہہ دِتھ فارغ گوٚو! یہِ خبر ییٚلہِ گامہٕ برادری ہٕز ژتموکڈٕ نأوا انجلی پنچاژس اتھِ سمن۔ انجلی گٔیہِ پنچاژس بروٚنہہ کنہِ حاضِر۔

’’مہراج! مےٚ کُس خطا چھُ سرزد گوٚمُت؟‘ ط۔ انجلی وٚون عاجزی سان ہیڈ پٔنڈِتس۔

’’ژٕ ...... ژٕ چھکھ ناستیک (یعنی بگوانس نہ مانن مانیٚنز)۔ پاپی۔ ژےٚ چھےٚ ماٲلِس بَب ترٲ وِہشٕ اٲسس!!‘‘۔ ہیڈ پنڈتن پرژھ شرارتہٕ سان انجلی۔

’’مہراج! کوسہٕ کٔر آسہِ یوسہٕ فاقہٕ پھرِ پٔنِس ماٲلی سُند مرُن زَرِ‘‘۔ انجلی وٚون اٲچھو اوش ہاران پنڈِتس۔ باقی پنچاٲژ روٗدی خاموشی سان بوزان سران تہٕ سونچان۔

’’مطلب......؟‘‘ پنڈتن پرژھ تعجبہٕ سان انجلی۔

’’مہراج......اسہِ کوٚر برادری آب تام بنٛد۔ پاور کنکشن آو ژٹنہٕ۔ اَسہِ ستی آو سوشل بیکاٹ کرنہٕ۔ میانِس ماٲلی سُند آونہٕ کانٛسے عار۔ اسہِ پیٹھ کوٚرنہٕ کانٛسے دیا!‘‘۔

’’مگر ژےٚ رِکتھ پاٹھی کوٚرتھ اٲک،س نیچ زاٲژ ہٕندِس لڈکس ستی خاندر‘‘۔ پنڈتن پرژھ خشمہٕ ہوٚت انجلی۔



’’چمن جی مہرا چھُ شریف، ذہین، اعلیٰ تعلیم یافتہٕ تہٕ تھدِ کردارُک لڑکہٕ۔ اٲسی دونوے چھِ جوان۔ اسہِ چھُ پننہِ خوشحال زندگی ہٕندِ حوالہٕ کانٛہہ تہِ فأصلہِ کرنُک حق۔ we have crossed our puberty age۔ اٲسی دونوے چھِ بالغ‘‘۔

’’ژےٚ چھےٚ نا خبر چمن جی چھُ نیچ زاٲژ ستی تعلق تھاوان۔ ییٚلہِ زن چون مول گوپی ناتھ تھزِ زاٲژ ہُند چھُ؟‘‘۔

’’مہرا بچہٕ چھُ ماجہِ محض اکھ انسان زیٚوان۔ ذاتھ بتراتھ، لیبل چھِ تس دُنیا ہکی لُکھ ڈٕلکس مُرِتھ تھاوان۔ بگوانس نکھہٕ چھُ سُے بوٚ ڈیُس کرمہٕ یوگی آسہِ۔ نتہٕ چھنہٕ ذاتھ بتراتھ نکھہٕ وسان۔ چمن جی چھُ نیچ زاٲژ ہُدن مگر سہُ چھُ تھدِ کردارُک ماٲلک۔ مہراج! گامہٕ برادری کوٚر میون مول یٗو تا تنگ زِتس گوٚو برین ہمرتج۔ سہُ گوٚو واپاٲ ہج۔ اٲ کِس وٕریٚس روزٕس بہٕ تس شونگھتھےٚ غذا آپران۔ مہراج دھرم چھُ دیا کرُن ہیٚچھناوان۔ دِ ے، نفرت، کینہٕ چھِ دھرٕ مکٕن اصوٗلن خلاف اکھ اعلانِ جنگ‘‘۔

’’باشن دیُن کر بنٛد‘‘۔ اٲکی پنچاٲژ وٚون شرارتہٕ سان انجلی۔

’’انجلی دیٖو پٔنٕنی صفاٲیی پیش کرنہٕ‘‘۔ ہیڈ پنڈتن وٚون پنچاژس کُن۔

’’ژٕ تھاو پٔنُن بیان جاٲری‘‘۔ پنڈتن وٚون انجلی۔

’’مہراج! اتھ برعکس روٗدی پٔنٕنی کیٚو پرٕدی اسہِ دھرمکس ناوس پیٹھ رنگہٕ رنگہٕ ستاوان۔ مےٚ اٲس پزٕ دھرم یوگی دِنٕی مےٚ تحفظ۔ مےٚ چھُ یہے جُرم مےٚ کٔر دھرم کِنٕ اصوٗلن راٲچھ تہٕ پاٲروی۔ مہراج! میانِس بیمار ماٲلِس آو ناستیک ونٕنہٕ۔ اٲسی چھِ

ادرمی۔ میون مول چھُ تھزِ زٲ ژھُند آسنہٕ باوجوٗ دتہٕ انسٲنی قدرن گوڈ بران۔ سہٕ چھُ دھرم کھوتہٕ ہیومنزم humanism مانان۔ سہٕ چھُ انسانس انسان گنزران۔ تس نِش چھُ کرم معنے تھاوان۔ اسہِ نِش چھُ سُے بوٚ ڈیٚیمی ہِندی کرم بٔڈی آسن۔ سٲنی سنسکار چھِ اسہِ پیٚی ہیٚچھناوان۔

''مہراج! دھرمہٕ کِس ناوس پیٹھ چھُ استحصال سپدان۔ یِیٚلہِ میٲنِس بیمار مٲلِس غذانہ واتنہٕ دادِٲ س پھٔلِتھ آومےٚ ترٲ وتس پٔنٕزِ بب اَسَس!''۔

''ژےٚ...... ژےٚ ہٕکتہِ کالُک شُر چھے بَبہِ؟''۔ بیٚیہِ أ کی پنچاےٚٹی پرژھ انجلی۔

''سہٕ مہرا گوٚ واز برابروٲ رشُن''۔ انجلی دیُتُس لوٚتی پاٚٹھی جواب۔

''ژےٚ کوٚت کال ووتے مٲلِس دوٚد دِوان؟''۔ ہیڈ پنڈتن پرژھ انجلی۔

''مہرا! تمے دوہ پیٹھِ یِیٚلہِ گامہٕ برادری اَسہِ سٟتی تمام رٲبطہٕ ژٕٹی۔ تہٕ اَسہِ دوٚن بٲژن لوگُکھ نمبر نیرنس ٹھاکھ۔ بےٚ توٚ ژھ عیال موٚٹھ ہٹھ روٗ دمیون بیمار مول دھرٕ ملکٕن ٹھیکہٕ درن واوس تہٕ کاوس اتھِ گراوِ سوزان۔ سٲنِس سماجس منٛز گے تمہٕ سٲری لفظ ہٲٹھ یمہٕ انسٲیتس عروٗج بخشان چھِ''۔

پنڈت جی یٚن ترٲ و دنٛدس تل شہادتچ اوٚنگجِ تہٕ انجلی کُن گنڈٕن حسرتچ کُنے مدعے...... ''دُرگا''...... تس ژوٚل نسنگا زیوٚ نیرِتھ!!

☆☆☆



## لاجواب

تتھ منڈی منٛز اوس ژرِ ہُند دوٚدتام دستیاب۔ خاندارنہٕ ہِندِ اِسرار کرنہٕ پتہٕ گسو بٔتہِ اکہِ دوہ اَتھ منڈی منٛز۔ منڈی منٛز دُکانن ہُند مشاہدٕ کران گیہِ میانہِ خاندارنہٕ ہٕنٛز نظرٲ کِس دُکانک، س بوڈس پیٹھ روٹہٕ۔ یتھ سونہٲری أچھر وجٕرِتھ اوس۔ ''یہاں فن بکتا ہے''۔ مےٚ زَن زٕ سے پدٕن تل زمین۔ نتہٕ لُجِ مےٚ پدٕن تل حٲر تِک، س ناگس وُزٕنی!۔

''شکر بٔنہِ نَے خدایہِ...... بیٚیہِ تہِ آسہِ ہم مونگمُت کیٛنہہ''۔ میانہِ خاندارنہٕ ژوٚل نسنگا زیوٚ نیرِتھ۔

''مطلب!؟'' مےٚ پرژھ تعجبہٕ سان خاندارنہٕ۔

''ژٕ...... ژٕ کر پیٚتی قرار...... بہٕ یمے نظر دِتھ''۔ پیٚی ونان کھٔرٕ کُنے دَوِس و اَتھ دُکانس پیٹھ۔ بہٕ گوس تس پتے تہٕ أ کِس دُکانس ژھایہِ بیوٹھُس یہنٛزٕ کتھ بوزنہِ۔

''یہاں فن بکتا ہے...... لفظ بکتے ہیں؟''۔ میانہِ خاندارنہٕ پرژھ دُکاندارس۔

''بالکل صحی''...... دُکاندارن دِیُتُس اطمینان سان جواب۔

''لفظن کیاہ چھُ باو''۔

''لفظن چھُ سرِ گرِتھ باو مقرر سپدان''۔ دُکاندارن دیُتُس جواب۔ ''اسہِ

نِش چھِ لفظن ہندی اَنبار جماہ۔ میون خاندار چھُ اُچھرن تراش ہتھ سنہِ وِنی لفظ گران۔ تِس گِیہِ اکھ وأنس لفظن پأران۔ باضے چھُکھ سازس کھالان تہٕ باضے ادبی دربارن منٛز مفتی کِنان''۔

''وونی کیاہ چھُ چون غرض؟''۔ دُکاندارن پرٛژھ میانہِ خاندارنہٕ۔

''بہٕ چھُس یژھان ژٕ کرتہٕ یمن لفظن سودا۔ اسہِ چھےٚ کوٗر جوان، مأنٛزِ اتہٕ دأرِتھ۔ دیوِ اسہِ میلہِ ہیے مدد''۔

''أسی چھِ لفظ کھوٹ دِتھ مولی ہیوٚان۔

''ہتہٕ ہٕض میون خاندار چھُ ناماوار فن کار۔ سہٕ چھُ معروٗف تخلیق کار۔ تٔمی ہِندی افسانہٕ چھِ مشہور۔ لُکھ چھِ تِس ہڑٕ پسند کران''۔ میانہِ خاندارنہٕ دیُتس جواب۔

''تیلہِ چھُنہٕ کینٛہہ مسلہِ...... تیلہِ کرو سودا''۔

''وُنی تیلہِ قیمتھ''۔

''افسانس میلہِ توہہِ شاعری نِش جان مول۔ أسی چھِ افسانہٕ ہتس روپیٚس ہیوٚان۔ نظم یا غزل چھِ أسی پند ہن روپیٚن مٔلی ہیوٚان۔ اگر توہہِ ہتھ افسانہٕ آسن بہٕ دِمہٕ توہہِ دَہ ساس روپیہ۔ یتھے پأٹھی کٔری توس جماہ تفریق۔ کٔری تو مشورٕ، أنی تو مسودٕ پگاہ۔ أسی چھِ خدمتھ باپت حأضر۔ آ۔ اکھ کتھ ونہٕ بہٕ ضروٗر۔ یتھ منڈی منٛز چھُنہٕ کُنے چیزس باوڈ نجہِ روزان۔ اگر توہہِ ژٕ ریکوٗ روٕ قیمتس ہیکہِ وٕ ستھ تہٕ''۔

چُکاو دُکاوکٔرِتھ تِتھے میأنی خاندارنہِ دُکان پیٹھہِ بون وٕ ژھ بہٕ گوس تِس ژوٗرِ



دُکاندارس تہٕ پرٛژھمس۔

''بہٕ چھُس لفظن ہُند کأریگر۔ کیاہ چھُ لفظن باو؟''۔

''وُنی کوٗرمےٚ أکِس خوٚتوٚنہِ ستی سودا طے۔ افسانس ہتھ تہٕ نظمہِ یا غزلہِ پنٛژاہ روپیہ''۔

''بس......؟'' مےٚ پرٛژھ دُکاندارس تعجبہٕ سان۔

''یہ جناب چھےٚ منڈی۔ یتہٕ چھُ الہِ ہچن ستی فن، زبان تہٕ ثقافت بِکان۔ یتھ منڈی منٛز چھُ گلمرگ تہٕ پہلگام بِکان۔ یتہٕ چھُ نِلہِ ناگ تام لیلام گژھان! یتہٕ چھُ روسُل میر، نأدم، اختر تہٕ کأمِل بکان! یتھ منڈی منٛز چھِ للہ تہٕ علمدارسُ تام سودا گژھان......چأنی چھُنہٕ باتھے!''۔

''سبحان اللہ!''......مےٚ ژٕول بےٚ اختیار پأٹھی زیوِ نیٖرتھ۔

''حأران کیازِ گوکھ؟''۔ دُکاندارن پرٛژھ مےٚ ژکھ سان۔

''تخلیق چھُ فن۔ craft۔ تہٕ فن چھُ تخلیق کارس غرٕ رآسان''۔

''صحیح فرووٚمُتھ۔ اتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک۔ وٚوں گوٚ وجبوٗری ہندی زولانہٕ چھِ غرٕ رخاکس ستی رلاوان! حال حالے یتھ کتابہِ انعام میوٗل، سوچھےٚ میأنی۔ تِس تخلیق کارس تہٕ اوس چأنی پأٹھی پنٛنس فنس پیٹھ غرٕور۔ ست موٗژنہٕ کأنسے یوٚ تام سہٕ پنٛن فن کِنہٕ باپت مجبوٗر گوٚو۔ مےٚ کوٚر تِس ستی سودا تہٕ کتاب چھأپم پنٛنہٕ ناوٕ۔ بہٕ دِمےٚ رُت مشورٕ۔ کر پنٛنس فنس ستی سودا......یتھ منڈی منٛز چھُنہٕ باوزانٛہہ تہٕ ڈنجہِ روزان۔ پتہٕ

پھیری......‘‘۔

سوداگارٕ سٕنزن کتھن اوس بدلے تاثیر ......مےٚ رِسیے پدٕن تل زمین۔بہٕ ووتُس گیران گیران خاندارنہِ نش!۔ ......’’کتہِ اوسُکھ یوٗت کال؟‘‘۔تمہِ پرژھ شرارتہٕ سان۔

’’حالِ حاٰران!‘‘۔مےٚ دیتمس خشمہٕ ہوٚت جواب۔

’’ژٕ ......ژٕ کیا زِ چھُکھ اودرُے دزان؟۔ پکھ ...... پکھ گرٕ۔مےٚ کور مےَ سودا‘‘۔

’’ژٕ کہِ چھَکھ ژٕ نادان......فن چھُنہٕ بکان۔یہِ فن چھُ میون غروٗر!‘‘۔

’’ووٕنی کاٰتِس کالس روز کھ خابن ہٕندِس محلس منٛز لفظن ہٕندی سرٕ پوش پھولراوان۔یتھ شہرس منٛز چھُ فن بکان۔متہٕ کرتکھ ووٕنی یم عمرِ ہٕندی لمحات زٕنٛج۔متہٕ وُزناوتکھ یم شوٗنگمتی لفظ۔متہٕ راورتہٕ یمن انہاٰری أچھرن سوکھ......!‘‘۔

’’بس ......بس کر خدارا...... ووٕنی چھُم نہٕ ہِترٕ کینٛہہ بوزنس‘‘۔مےٚ وٚون عاٰجزی سان تس تیٚمی ژھچیہن ؤریٚن کہاٰنی وونہٕ باپت مےٚ لفظ ابساٰیتھ دِتی!

☆☆☆



## ژیٚپ

روضی اوس یہ نۆمِ رٕتھ۔تمن دوشوٕنی باٰژن اٰس پوٗرٕ وومید زِ سُتمہِ پینہٕ زیٚوِ نچوٗ۔تکیا زِ یٚیمہِ لٹہِ اوس پیر صاٰبن تمن پوٗرٕ یقین دیتمُت نچوٗ آسہِ۔بلکہ اوسنکھ ناوتہِ تس تجویز تھوومُت گرِتھ۔’’آفتاب‘‘۔مہدٕ اوس روٕجی سُتمِس ژٕ ندرس وُچھان۔یوٚ تام سو وارٕ کارٕ خلاص گیہِ۔تہٕ ماٰری منٛز کوٗ رپیٚہِ تھنہٕ۔روضی ہیٚوت أندری یوٚ تام تمہِ ژتجی ہٕم آب تہِ بوٚر۔

’’تَتہِ چھُنہٕ ساٰئنس کھاتس نچوٗ لکھِتھ‘‘۔مہدن وٚون دِلاسہٕ دِوان خاندارنہِ روضی۔

’’پیر صاٰبس تہِ آو خبر کیاہ لبنہٕ‘‘۔روضی دیتُس مایوٗسی سان جواب۔

’’أسی رَچھون یہ کوٗرنچوی ہٕندِ رایہِ۔أمِس کروسُے ناویُس پیر صاٰبن تجویز کوٚرمُت اوس‘‘۔

آفتاب......تیا!‘‘؟روضی پرژھ خاندارس تعجبہٕ سان۔

’’اِد اتھ منٛز کیاہ چھُ حاٰران گژھُن‘‘؟

’’ژٕ ......ژٕ کم کتھہٕ چھُکھ کران؟ آفتاب چھِنہٕ کورِ ناو کران!‘‘۔

’’مانتہٕ یہ چھُ سون نچوٗ‘‘۔خاندارن دیتُس تسلا دِوان جواب۔

’’کِتھہٕ پاٰٹھی مانہٕ......ناوٕ ستی چھَنہٕ حقیقت بدلان۔أمِس چھُ وارنہِ زوٗن

ناوکۆ رمُت ۔أمِس شۆبہِ سُے ناوٗ‘‘ ۔

’’نہ...... نہ...... نہ۔ یہ چھُنہٕ سجان......’’تلہِ کیازِ زایے کوٗر‘‘؟ خاندارن ووٗنُس ۔

’’یہ چھُکھا ژٕ ونان......‘‘۔ روضی گوٚ ومہدُن وُنن منصوٗرس یارٕ سُند پوش لایُن ۔تمہِ کڈٕنچہِ شرارتہٕ سان اَسہٕ منٛز بب۔تس ژٕج کُنی چکھ نیرِتھ‘‘۔

’’ژےٚ......ژےٚ کیاہ روٗدُے‘‘؟

’’پتُن مہدٕ...... سُے مہدٕ تیٚمِس رُمن رُمن میون سریہہ چھُ۔ پتہٕ لگہِ نہٕ گندنس پیٹھ ودنس کھسُن‘‘۔

’’اوں !تس مہدس چھُس بہٕ زُوٕ کھوتہٕ ٹاٹھ‘‘۔

’’اِداتھ چھا شک کانٛہہ......‘‘۔مہدن ووٚن روضی اسان اسان۔

روضی ترٲو وارٕ وارٕ نچہِ بب اَسس۔

مہدٕ ووتھس ......’’مےٚ چھُ خبر کیاہ گژھان۔مےٚ چھُنہٕ ووٚنی برداش گژھان ۔ووٚں گوٚ وا کھ کتھ مان تہٕ میٲنٛی زوٗن بدلہٕ کروأمِس آفتاب ناو۔ییٚتھٕ پاٹھی روزِ پیر صاۍب تہِ راضی ۔ڈوکھ گژھِ آسُن‘‘۔

’’چھُکھ نابیٚہِ پھِری پھِری دوٚدالہِ ونان‘‘۔روضی کھوت گلن رَتھ۔

’’تلہِ !‘‘مہدن پرژھ روضی شرارتہٕ سان۔

’’أمِس چھُ وارنہِ خاتٕی دیدِ ناوکوٚ رمُت زوٗن، پتہٕ آسوس آفتاب ونان‘‘۔



مہدس آو روضی ہُند یہ مشورٕ پسند۔ ووٚنی لگوٚتس سأری آفتاب ناوٕ ستی ناد لایان۔زوٗن گیہِ پڑاو پتہٕ پڑاو طے کران۔منزل زینان یوٚ تام تس سکوٗل ریکارڈس منٛز تہِ زوٗن آفتاب ناو درج گوٚو۔زوٗن أس ووٚنی سکوٗلہِ لڑکن ستی ووتھان بیہان۔ پریمری سکول پیٹھ مڈل سکول پتہٕ ہاے سکول، ہایر سیکنڈری تہٕ کالج۔جوان آسنہٕ سببہٕ أس زوٗن پنُن بوٚ رُت وَچھ چھُپاوان۔مردانہٕ لباس لاگان۔مستس کٹ کران۔ کالجس منٛز گوٚ وتس جوزی ناوچہِ اکس کورِ ستی محبتھ۔حوزی تہِ أس زوٗنہِ ہندی پاٹھی یاوُنس ژوہ ماران۔ڈٕسلابِسے پنُن تعارف د،وان ووٚن زوٗنہِ پنٕنہِ وِسہِ جوزی۔

’’جوزی......I am he‘‘۔

جوزی گیہِ یہ بوٗزِتھ حأران۔تمہِ رٔٹ سو پانس ستی تہٕ جذبأتی اندازس منٛز دوپنس۔

’’Oh-No......ژٕ......ہاتُم۔تُم میری طرح ایک لڑکی ہوٗ‘‘۔

’’ہاں...... ہاں۔قسم سے میں ایک لڑکا ہوں۔آفتاب میرا نام ہے۔میں زوٗن نہیں ہوں۔بہٕ چھُس اکھ جوان لڑکہٕ۔میں ۔I am a young boy۔مےٚ اندر چھُ اکھ جوشیلہٕ جوان بُستھ۔بہٕ چھُس ماجہِ شیٚن کورِہن پتہٕ پیرن فقیرن منٕگتھ زامُت ۔اکھتُے چھُ پیر صاۍبن مےٚ زیٚنہٕ برٚونہُے آفتاب ناوکوٚ رمُت‘‘۔

جوزی گیہِ تریٚن تروٚہن لس اوس نہٕ کہنٛہ فِکرِ تران۔زوٗنہِ رٔٹ ننہِ واتہٕ جوزی ہوسٹل لانس منٛز نالہِ متہِ۔ برابر توٚ تام یوٚ تام دوشوٕنی بوٚ رُت وَچھ اوٕدٕ رگوٚو۔

دونوے پیسے پرٲٹتھ۔ دوشوٕے گنڈ اکھ اَکس کُن حسرٕتچ مدعے! یِہنٛز دیوانگی ہُند منظر وُچھِتھ آیہِ دونوے کورِ کالجہٕ منٛز بےٚ دخل کرنہٕ۔ییٚلہِ جوزی ہِندِس مالِس انعام صاۍبس تام کورِ ہنٛز شیٚچھ وٲژ تٔمی اَنٛی فورن پنٕنی خاندارٕنی وزیر بیگم بُلاٚ وِتھ۔کورِ ہنٛز اصلیت بوٗزِتھ نیوٗ دوشوٕے بٲژ وفاصلہٕ زِ جوزی ہُند خاندر گژھِ مزید وکھ ضایع کرنہٕ بغاۍرے سپدُن۔ یِتھٕ پاٹھی گوٚنڈُکھ جوزی یعقوب صاۍبنِس نچوِس ستۍ۔ یُس اکھ کارٕ بارۍ اوس۔ یعقوب صاب اوس پانہٕ تہٕ انعام صاۍبس کارس منٛز شریک۔ جوزی ہِندِس رِشتس گوٚو پھٹُن تہٕ پھیارُن۔ تیٚمے دوہ پیالس تروٗکھ امے دوہ آو خاندرُک دوہ ژوداہ اکتوٗبر تہِ مقرر کرنہٕ۔ جوزی کوٚر رزوٗنہِ ہُند نمبر ڈلیٹ۔ زوٗن اَس وُنہِ تہِ پریانوِے تاروتران۔سو روٗز جوزی فون کران پوٚز واریاہ فون کالہٕ کرنہٕ پتہٕ ییٚلہِ نہٕ لٔس جوزی ہِندِ طرفہٕ کانٛہہ تہِ جواب میوٗل۔تمہِ کوٚر لٔتس دویمہِ فونہٕ پیٹھٕ کال۔انزان نمبر وُچھِتھ تُل جوزی فون۔ووٗنی اوس نہٕ لٔس کانٛہہ چارٕ۔جوزی تُل فون۔جوزی نٕش تٔمی ہِندِ نِکچ خبر بوٗزِتھ پیوٚ زوٗنِ ژٕپین نوٗن۔ زوٗنِ آو تصورکس محلس بنٛیُل۔سو آیہِ زمینِ وِکرنہٕ۔پتہٕ گوٚو زوٗنِ اکُے ہیٚوک۔

☆☆☆



# تکرار

رٔیس کالونی سیکٹر ژور چھُ وقار صاۍبنہِ بنگلہٕ ہری شروع گژھان۔ اتھ بنگلس چھِ 'سیاہ محل' تہِ ونان۔بلکہِ یہ چھُ امے ناوٕ ستۍ زانٕنہٕ یوان۔شایدامہِ موجوٗب یہ بنگلہٕ چھُ سیاہ دِوٕری کنٕہن ہُند کھاۍلتھ۔اَتھی عاۍلیشان بنگلس منٛز اَسی یم ترٚے بٲژ روزان۔وقار صاۍب، ولایتی میم تہٕ نوکر عمر۔

وقار صاۍبن اوس دراصل ولایتس منٛز اَمِس میم ستۍ نکاح کوٚر رمُت۔ییٚتہِ اَسی لٔس سأری 'جولی' ناو ونان۔جوٗلی اَس یہ ڈٕپٕی زِتہِ حُسنِ سر۔زن تہِ اوس لٔس ہیٚرِ پیٹھٕ بوٗن تام ٕکنکہٕ رنگُک مہلام گٔرِتھ۔تٔمی سُند سونہٲری نرم ریشم ہیوٗ مس اوس نظرن تتابہٕ کران۔جوٗلی اَس مژہجِ تہٕ ماۍر منٛز۔لٔس اوس کتھن موحتہٕ ہران۔جوٗلی ہُند کھٔنڈی پھُٹی کاۍشر بوُلُن اوس خوش کران۔ووٗنی گوٚو بول چالس منٛز اوس لٔس ولایتی لہجہٕ نوٚن نیران۔سو اَس کاۍشُر ولایتی ِگلٹ گٔرِتھ بولان۔مثلاً ژٕ بدلہٕ اَس سوٕ ٹہٕ ونان، اَسی بدلہٕ وٲسی ، نہ بدلہٕ ناو، واہ بدلہٕ واو تہٕ ادکیا بدلہٕ اَس سو اوکے بولان۔تمہِ اَس ولایتس منٛز انگریزی ادبس منٛز ماسٹرس ڈگری گٔرمٕژ۔لٔس اوس کتابن ستۍ سکھ لگاو۔ جولی ییٚلہِ تہِ وقار صاۍبس ستۍ کُن نیران اَس لٔس اَس ضروٗر کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ کتاب پانس ستۍ آسان۔

وقار صاۍب اوس اکھ ناماوار تاۍجر۔ یُس کاۍشرٕن اتھٕ کامٕہن ہُند تجارت

کران اوس۔ تس اَسی نبر مبِن ملکن منز شورُوم چلان۔ اویاوس سہٕ جۆ لی ہیتھ ؤریس منز زٕ ژور چکر ملکہٕ نبر کران۔ جۆ لی اوس امہِ ستی پننہِ وطنُک لول ژلان۔ یمن دۆن بأژن ہُند محبتھ اوس نٹہن پیٹھ۔ یمن اوس نہٕ اکھ اَکس بغأر میٚونڈ تہِ وسان۔ مگر تقدیرس کیاہ گرِ زِ۔ تقدیرس نش چھِ سأری ندبیر ؤسی پیٚوان! پانہٕ وأنی یوٚ تھاہ سریہہ آسنہٕ باوجوٗ دتہِ اَس یمن دۆن بأژن شُری بوچھِ وأنج کۆران۔ یہنٛدی سأری تدبیر گے ناکام۔ پژی پأٹھی چھُ تُمی گونماتن وونمُت :۔

تدبیر کران عمر مالہِ رأوِم تقدیر آم نو ونے
پی لانہِ لیٚوکھنم لوحِ محفوظس تِی چھُ نکھٕ والان

خاندرٕ پتہٕ شیٚیہِ وُہری تہِ اَس جۆ لی اولاددادِ چھورٕ چھورٕ کران۔ وونی اَس سو شُری چالہِ کھلونہٕ پانس کَسس منز ٹُلان۔ ییٚلہِ کانہہ تس پرژھہے یہ کیا چھے۔ تُمی سُند اوس اکُے جواب آسان (My baby)۔ پتہٕ اوس تس اوش وانہِ سورُے کاجل چھلنہٕ یوان۔

میأنی کنی اوس جۆ لی صرف اکھ نوقص زِ سو اَس آزادخیالٕچ زنانہٕ۔ ییٚتہِ تس کھیٚن چیٚن کیٚن معاملاتن منز آزأدی ٹأٹھ اَس تتہِ اَس سو پانس ستر کرٕنکس معاملس منز تہِ آزاد۔ اوے اَس سو نیم عریان پکان۔ تس وُچھِتھ اَس جبلرٕن ہندِس لاوس بریہہ گنڈان۔ یہے وجہ اوس یمن دۆن بأژن اوس کُنہِ کُنہِ پانہٕ وأنی سکھ اختلاف گرٕھان باضے اوس طلاقس پیٹھ تہِ نوبتھ واتان۔ ہنہِ ہنہِ گوٚ ویہندِس محبت



کِس برُج خلیفس کریک ظأہر! وقار صأبس گے خدشاتن ہندی زولانہٕ نألی! مے اوس عادت بہٕ اوسُس ہفتس منز زٕ ترٚے چکر وقار صأبن ضرور کران۔ باضے اوس وقار صأب پانے سون گرٕ مے نِنہِ یوان۔ سخت آوریارسبہٕ ہیٚوکُس نہٕ بہٕ دۆن ہفتن وقار صأبن گرٕھتھ۔ تیمی کنی وقار صأب صبحأے مے پانے نِنہِ آو۔ بہٕ دراس رسے وقار صأبس ستی۔ وتہِ پرژھ نہٕ تُمی مے کانہہ کتھ۔ مے ییتھے وقار صأبنہِ بیٹھکہِ منز لتھ ترأو۔ مے آے بدلٕے حالاتھ لبنہٕ۔ جۆ لی تہٕ نوکر عمر اَسی اَکتھی کُن دۆن کوٗنن منز بہِتھ دِیان۔

"وجہ......!"؟ مے پرژھ تعجبہٕ سان وقار صأبس۔

"پرژھ تہٕ أم، س گُرٕ میمہِ۔ ژٕھنتس تھوکہٕ جوراہ"۔ وقار صأبن دیُت خشمہٕ ہوٚت جواب۔

"کیاہ ...... کیاہ دلیل؟What is the matter"۔ مے پرژھ میمہِ۔

"Nothing, I am fine" میمہِ دیُت اطمینان سان جواب۔

"وقار صأب ژٕے وَن اصلی واقع کیاہ چھُ؟ یتھ سیاہ بنگلس کیازِ اَز دُہی ژھہتے گأمژ"۔

"کیا...... کیاہ ونے بابہ...... وسن نا یتھ ننہِ نبہٕ ترٛٹٕ۔ زٕنی تہٕ مرد چھِ اکھأکی سُند لباس ہمراز۔ نکاح چھُ زنانہِ تہٕ مردس درمیان اکھ مقدس رشتہٕ!"۔

’’وقار صأب ! ووٚنی ونتہٕ کیاہ دلیل گٔیہِ۔ تِتھی غمنا کھ حالاتھ کیاز ِگٔیہِ پأدٕ‘‘۔

’’أمِس گُرِ میم پرٛژھ تہٕ نصف رأژ کُس دراو سانہِ بیڈ روٗم منزٕ نبر؟‘‘ وقار صأبس ووزلیاے روخ۔

’’جولی ! وقار صأب کیاہ ونان‘‘؟ مےٚ پرٛژھ لتس۔

’’All is fair in love and war۔ محبتس تہٕ جنگس منزٕ چھُ پرٛتھ کانٛہہ چیز جأیز‘‘۔ جوٗلی دیُت اطمینان سان جواب۔

☆☆☆



## پگاہ شولہِ دُنیاہ

’’سیاہ ونہٕ کیٚن تِمن مخلوقاتن منزٕ اوسُس بٔتہِ اکھ یِمن سیاہ وتن راد مینان پپر ؤتھی ! یِمن نہٕ از تام سحر بدس گوٚو ! یِم گاشہٕ پھَلہِ دادِ دربدر گے !‘‘۔

بہٕ اوسُس بیٚپہِ تہِ خبر کمن گوتن گرٛژھان خبر کیاہ کیاہ سونچان تام آو سہٕ ڈولہٕ وول بیٚپہِ سانہِ دورِ منزٕ۔ تِمی دِژ ڈولس ژٔنڈ تہٕ لوٚگ بڑِ بڑِ اعلان کرٕ نہِ۔

’’خبردار...... ہوشیار...... گاشہٕ گاٹھ گرٛژھن ییٚلہٕ۔ تمبلیٖنچ چھَنہٕ کانٛہہ ضروٗرتھ۔ ووٚنی آسہِ گاش سولبہٕ سولبہٕ دستیاب‘‘۔ اعلان بوٗزِتھ ژوٚل مےٚ زن سورُے تھکُن۔ مےٚ ژوٚل وأنجہِ پیٚٹھہِ بار۔ ووٚنی اوس مےٚ پنُن پان لوٚت باسان۔

’’گاش گرٛژھِ بدس مگر رتہٕ میلہِ چھُ اتہاس لیکھُن‘‘۔ ماسٹر جیٚن ووٚن مےٚ کُن۔

’’مگر جناب ! تِمی ترٛأو ڈولس زورٕ ژٔنڈ سہٕ اوس ہول گنڈِتھ اعلان کران !‘‘۔

ماسٹر جیٚنس ؤژھ نہٕ میأنی کتھ ہٹہِ۔ تِمی کوٚش کنس۔

’’ماسٹر جی......‘‘۔ مےٚ دیُت بڑِ آلو تِمی سُند ظوٗن پانس کُن پھِرٕ نہٕ باپت۔

’’گند کھُد وہی ژوٚٹ سینہٕ۔ دَم چھُ گوٚمُت۔ زندگی چھےٚ روٚین پیٚٹھ دِیان۔ وزُم گاشُک سودا اوس گاٹُک سودا۔ انہِ گوٚٹ چھُ ژوٚپأری گرٛزان ! افسوٗس بغأر لا ریاو نہٕ کہنٛہ‘‘۔ ماسٹر جیٚن دوٚپ مایوٗسی سان۔

’’تتلہِ...... تتلہِ کیاز ِکرنوو رازن اعلان !‘‘ ؟ مےٚ پرٛژھ تعجبہٕ سان ماسٹر

جێس ۔ ماسٹر جی اوس مُد بر۔ سہٕ اوس واریہن گایلن ہُند چشم دید گواہ۔

’’گو برا! اتھ ہباونان پالِٹکس ۔ سیاست‘‘۔

’’تلہِ چھا راژ ئلی ......‘‘؟ پتہٕ گیہِ گلہِ زیو۔

’’رومالِ گنڈِتھ نوٚنہٕ پھوٚل ہاوان!‘‘۔ ماسٹر جێن دیُت جواب۔ بہٕ گوس تریٚن تروہن ۔ مےٚ گٲنڈ ماسٹر جێس کُن حسرتچ کُنی مدعے۔

’’گو برا! بذاتی چھُ اسہِ انہِ گٲٹس ستۍ معاہدٕ گوٚمُت ۔ تیٚمی از تام اتھ معاہدس خلاف آواز تُج ۔ تس کٲڑکھ شرژ ستۍ زیو مُلہٕ! کر......کر لگے پانس ژھوپہٕ‘‘۔

’’مگر تلہِ ......تلہِ کیازِ کرنو وراژن اعلان!‘‘؟ مےٚ کوٚر ماسٹر جێس بیٚیہِ اَکھ سوال۔

’’رِکھن آوکوس‘‘۔ ماسٹر جێن دیُت خشمہٕ ہوٚت جواب۔

’’مطلب......؟‘‘۔

’’گو برا! سون لول چھُ رِکھن منز بنْد ۔ یہ گوٚ وکاٚنسہِ گوسائنس اتھِ ہاوُن...... گوسائنس چھُ رِکھن ہُند علم آسان‘‘۔

مےٚ آو سوچہٕ آنگنس بٔنیل ۔ مےٚ لُج پدن تل حأرتِکس ناگس وُزنی ۔ ماسٹر جێن تر وو مےٚ شفقتُک اتھِ کلس پٹھ تہٕ دوپُن ۔

’’گو برا! یی چھُ پزر۔ رِکھن آوکوس‘‘۔

’’مگر اسہِ کرژلہِ یہ کوس‘‘؟ مےٚ پرژھ ماسٹر جیس۔



’’یوٚ تام راتہٕ موگل جانا وارن تِکہِ تِکہِ مزکھێن یوٚ تام سیاہ واوپرٛتھ لنجہِ پھرِ! یوٚ تام سیاہ آنگن ژھایہِ ننگلاون...... پتہٕ نے وزن مشیدن مینار، نے بجن شنک...... پتہٕ گرژھن گرنتھ، گیتا، ببیل تہٕ قرآن خاموش۔ پتہٕ یی رازس خوش کرِتی کرِ لولوٗ‘‘۔

’’وائے ڈکہٕ پلہِ ہے......‘‘۔

’’وٲش کیازِ ترووُتھ؟ ژٕے ......ژٕے کیازِ چھے پرٛان ترأوِمتۍ؟‘‘۔ ماسٹر جێن پرژھ شراتہٕ سان۔

’’حضرت! وونی چھَم نہٕ سکتھ ستن دہلێن ہند ضرب وترِاونس ۔ مےٚ چھُ چھوکن دوشان‘‘۔

’’رِکھن ہُند کوس ژلہِ ضروٗ رمہ بامبر‘‘۔ ماسٹر جێن وٚون اطمینان سان۔

’’ماسٹر جی کر......کر ژلہِ؟‘‘

’’یہ وَنہِ گوسائنی‘‘۔ ماسٹر جێن دیُت جواب تہٕ دراو پانس۔

امہِ ملاقات پتہٕ دوٚیہِ وُہری ژاو گوسائنی میأنس آنگنس منز۔ مےٚ ہووتس وٗلی وٗلی اتھِ۔

’’رنہٕ چھِھ گیہِ قبوٗل ۔ رِکھن ژلہِ وونی کوس!‘‘۔ گوسائنی ٹُل سرتلی کشکولس ٹاس ٹاس تہٕ کُنے دَوِژ وٕل آس گنہٕ منزٕ نبر۔

یہ کوش خبر بوٗزناونہٕ باپت دراس بہٕ ماسٹر جێس سمکھنہٕ باپت تٔمی سُند گام۔

’’ماسٹر جی گرژھِ خوش۔ پتہٕ دپس گوسائنی اوس زعفرأنی جامہٕ پأرِتھ۔ تس اوس

أچھن منز سرگر پکان''۔ بہٕ اوٚسس وتہِ تیز تیز قدم تراوان۔ برابر دۄن گائٹن وٕھلی سفر طے کٔرِتھ وۄتُس بہٕ تَتھ گامس منز یتہِ ماسٹر بسان اوس۔ بُستی نبرٕ آسی لُکھ دأ یرن منز کھتام أنزراوان۔ بہٕ ژاس تَتھ سیاہ دورِ منز یوسہٕ ماسٹر جی سُند گرٕ واتناوان آس۔

''از صبحاے مشیدِ پیٹھٕ گرٕ یوان لُجِ ماسٹر جیٚس وَچھس گوٗلی''۔ تٔمی أنزان شخصن وۄن مےٚ یُس ماسٹر جی نہٕ گرِ نیران اوس۔ ''پگاہ شولہِ دُنیاہ'' مےٚ ژوٚل بےٚ اختیار زیٚوِ نیرِتھ!!۔

☆☆☆



## نچوی سندِ ناو

بہٕ مور تھس ژےٚ زہر دِتھ!......مگر نہ......نہ نہ، بہٕ مور تھس ژےٚ پھاسی دِتھ!

مگر نہ۔ نہ نہ بہٕ مو یاس دَم گٔژھِتھ تمے دوہ ییٚلہِ ژےٚ میون پھرن برابر گے تہٕ پیٚنس منش کٔرِتھ میأنی خاب ارپن! مےٚ پوٚر پانے پانس کلمہٕ! ژےٚ......گنڈمَے حسرتھ کُنے مدعے! پتہٕ......''پتہٕ کُس آسی ژےٚ وُڈی برس پیٹھ انتظارس روزان! چانہِ دادِ کُس روزِ پریشان؟ ژٕ......ژٕ کُس ونکھ پیٚنٕ؟ مےٚ اوس کرہنماز ژھنبان!''۔ گوبرٕ! ژےٚ اوسُے مٔنزی میانہِ بےٚ توٚ ژھ ژھایہِ کُن نظر پھوان......ژٕ......ژٕ اوسُکھ وُلی مےٚ کُن تھٔر کران۔ مےٚ اوس چانہِ نادآ ری پیٹھ ترس یوان۔ دوٚ چھِنی کھووٗری نظرا دِتھ ووٗدُتھ لہرِ۔ لُکہٕ ارسا تھا گوٚ ومےٚ أڈی أڈی جماہ۔ تمِ آسی پٕنہِ پٕنہِ آیہِ میأنس مرنس پیٹھ تبصرٕ کران! ژٕ......ژٕ اوسُکھ منقط میانہِ لاشہِ مدعے گنڈِتھ وُ چھان!

''میانہِ گوبرٕ! مےٚ آو چانہِ ڈرامہک کردار پسند۔ چأنی کردار نگأری وُچھِتھ آسہٕ مےٚ بوکہٕ ہُنان۔ چأنی پرٛتھا کھاداأ ہم خوش کران۔ اولادچھُ پرٛتھ مأ لِس غروٗر آسان۔ آباد روز۔ دِلشاد روز!''

میأنی پچھوار بڈآ یِتھ دِتھی میأنس لاکرس زأ لی۔ جامہٕ تلأشی کران گے عأرقہٕ سران۔ پتہٕ پھیوٚرُک ژٕ سارِنے بینکن کواپریٹو بینک، سٹیٹ بینک، ایچ ڈی ایف سی بینک تہٕ جموں کشمیر بینک! میانہِ گوبرٕ! میأنی بینک کھاتہٕ وُ چھِتھ اوسُے ژےٚ

وُٹھن پپٹھ اسُن پھبان۔مگر بہترین اداکار آسنہٕ کنٛز اوسکھ ژٕوٕلی وٕلی پٹنس کردارس منٛز زم گژھان...... پتہٕ اوُسس بہٕ خوش گژھان۔ you are the best artist, I am proud of you۔

مےٚ اوس کینژس کالس پٹُن مرُن مشتھے گژھان! چانہٕ لولہٕ اوُسس پٹنٛز لاش ہتھ ژھایہٕ ہندی پأٹھی ژٕےٚ ستی ستی پکان۔گوبرٕ! مےٚ پیٚو ژےٚ وُچھِتھ سہٕ دوہ یاد ییٚلہِ بہٕ پانس دوا انہٕ باپت بازرگوس،مگر پانس دواہ انہٕ بجایہِ أنم تِمن پأنسن چانہِ باپت ٹِکہٕ واوِ جٕملٕی! چأنٛز شوق ژژھراوان گرمےٚ پٹنٛز ارمان قتل!۔

میانہِ گوبرٕ...... چأنٛز درٕے مےٚ گوٚ وگوڈنچہٕ لٹہِ تمہِ رأ ژپٹنہٕ مرنٛک احساس ییٚلہِ جبلژن ہُند نارژھیٚو راوان چانہِ ماشوقایہِ میانہِ ناوِ بدردوٚون تہٕ ژٕےٚ تروو تھس اسُن۔وچھٕ پپٹھی اتہٕ پھِرناوان دوٚ پتھس۔’’ییٚمہِ بڈٕ شیٹُک تھوومس تمہِ۔یُس اَسہِ ووتھرُن چھُ‘‘۔

☆☆☆



## میانہِ جگرٕ کہِ دادِ موکرانہارے زٕو وندے

لتس وَنہٕ ہارِ گوٚ وپتہٕ بول بوشس کجر۔سارٕ گٔیہِ دمہٕ پھٹٛ۔لتس اوس نہٕ پتہٕ چشمن سرٚیہہ گژھان۔سریود دود آسنہٕ باوجوٗد تہِ پھِر نأوسو غلام محمدن شہرکین بڈٕ ہن ڈاکٹرن۔ییٚتہِ کُنہِ پیرا،فقیرا،درویش اوس غلام محمدن واتنأوِ پٹنٛز خاندارینٛز تمن نش۔پوٚز سارس بنیاونہٕ دأ دِس شفا۔سارٕ أس ووٕنی شیرٕ لبہٕ ہندِس دارِ داسس پپٹھ بِہتھ ڈٕہی دوٚہس پٹنس گیٹس مدعے گنڈِتھ وُچھان روزان۔یام غلام محمد یأتھمی سُند نوکر رشید گیٹ بند کرِ ہے سارٕ أس ٹِکے آلوکران۔’’گیٹ تھأیو ییٚلے......میون روف احمد چھُ پکان۔أتی روز تامتھ یوٚ تام سہٕ کارہِتھ اندراژِ‘‘۔رشید اوس برابر گیٹس نش استادٕ روزان یوفتام نہٕ سارٕ پانے دارِ پوٚٹ بند کرِ ہے تہٕ روف احمد نس کمرس منٛز اژِ ہے۔

أخری دمس تام درایہِ نہٕ سارٕ روف احمد نہِ کمرٕ منٛزٕ نبر۔سو أس فقط نچوی سُند البم وچھس ستی رٹان۔لتس اوس نہٕ کھیٚن چینٛک غم۔سو أس البم مژراوان تہٕ اکہِ اکہِ فوٹوَن ستی کتھ کران۔

’’پٹنٛز ممی لگی بلایہ......أچھن چھے زوٗن لُجمژ۔متہٕ آستہٕ زیادٕ ونبدُر کران۔نخِتے لگی بدخواہن ژھوکھ......نو......نونو...... not at all۔ہوٹل چاے گٔیہِ بند کرٕنی......بہٕ آسے تھرماسس منٛز پانے چاے تاران۔ممی پٹنٛز دِپی کرہنماز کھیٚون۔از گوٚ ومیأنِس منٛشس پپٹھ ڈرس لاگُن سِکے skyبلیوٗ Blueشأٹ،بلیک پینٹ،وایٹ

ساکس تہٕ بلیک شوٗز۔......نو......نو......نو۔شیطانٔنی I am your mother۔ پتہٕ بوز و یٖلہِ زنانہٕ کرکھ......ڈیڈلیس برۄنہہ گژھکھ شامس گرٕ واتُن ۔بہٕ چھُس أڈٕ ے روزان۔ وۆنی یٖلہِ کُنہِ ساتہٕ ژٕ یر گژھ ِتلہِ گژھ ِدٕ ستی فون کرُن''۔

پتہٕ اَس سارٕ بڈِ کرٕ کہٕ دِوان......''ہیٚلو......ہیٚلو......روف احمد۔ژٕ یر کیاز ِگوٚوُ ے؟''۔

غلام محمد کیا سأری ہمسا ے اَسی کرٕ کہٕ بوٗ زِتھ أندٕ رِی ژٕمان۔سارنہِ کرٕ کہٕ بوٗ زِتھ اَس تمن واَنج ژٕ ھنٛان۔

غلام محمد اوس فوراً کمرس مٔنز ووتھ ژٕ ھنان تہٕ خاندارنہِ کُن ونان۔

''ووتھ، ووتھ تراو وۆنی روف احمدُن کمرٕ یٖلہٕ۔کرووٕنی یہ ا ہلیم بنٛد۔س ہُ آسہِ پکان''۔

سارٕ اَس ٹکے دارِ پوٚ ٹ ووتھ تراوان تہٕ رشیدس کُن ونان۔

''رشید! گیٹ تراو یٖلہٕ۔روف احمد چھُ پکان۔سارٕ اَس پٔنُن پھٹُت پان سومبراوان۔ واش بیسنہِ برونہہ کنہِ بُتھِس آبہٕ چھش دِوان۔ دٕ ج شہران۔ پتہٕ اَس پٔنٕس خاندارس کُن ونان۔

''گژھ......نیر......ژٕ تہِ بدلاو پلو۔سفید قمیض شلوار تہٕ کرہٕنی سدٕ ری لاگ۔ روف احمدس چھُ سفید تہٕ سِکے بلیوٗ رنگ پسند''۔

''ژٕ ......ژٕ تھاو تہلِہ دوا کھۄتھ ''۔



پتہٕ اوس غلام محدم سارس ڈے زِپام زٕ ٹیبلٹ یکہٕ وٹہٕ کھیٚوان تہٕ سارٕ اَس أتھی ٔستی بےٚ خود گژھان ۔اکہِ دوہ آو نمبرٕ پپٹھٕ ڈاکٹرن ہُند ٹیم یمن مٔنز ماہرِ نفسیات تہِ اَسی۔یمہٕ پیٹھی شہرٕ أ کِس ہوٹلس مٔنز بیمارن مفت علاج کرنہِ۔غلام محمدن تہِ نِیہٕ خاندار یٚنی یمن نِش۔

ڈاکٹرو بوٗز سارٕ نی سأری ہسٹری تہٕ سوکر بناکھ واقع غلام محمدس نِش۔یُس سارنہِ بیمارِ ہُند سبب بنیاو۔واقع بیان کران لُجٕ غلام محمدس اوشس ٔرج۔

''روف احمد اوس کٔشیرِ نمبر أ کِس کالجس مٔنز پران۔ سہٕ اوس انتہأیی حساس۔اوے اوس سہٕ پرٕ تھ معاملس پپٹھ سنجیدگی سان غور وفکر کران۔سہٕ اوس نہٕ زیادٕ کتھٕ کران۔وۆں گوٚ و یٖلہِ کتھ کرِ ہے تہلِہ اوس تُمی ٔسنٛزِ کتھِ مٔنز معنیُک سمندر آسان۔ خأر! تَتھ کالجس مٔنز کوٚرا کہِ دوہ کینٛژھو لڑکو کالج انتظامیٚس خلاف احتجاج یتھ مٔنز روف احمدن تہِ حصہٕ نیوٗ۔امہِ احتجاج پتہٕ اکہِ ہفتہٕ کوٚر کینٛژٕ واٹزان شخصو روتھ کیُت روف احمدس پپٹھ حملہٕ یٖلہِ سہٕ امتحانٕچ تیأری کران اوس! اکہِ پچھی آو فون......''روف احمد final year engineering سٹوڈنٹ چھپ پٔتمیوٚ کینٛژٕ ودوہو پپٹھ کالجہٕ مٔنزٕ غأب۔تُمی سُند لیپ ٹاپ تہٕ موبایل فون چھُ تُمی ٔسندِس کمرس مٔنز پھٹرٕ اَوِتھ لبنہٕ آمتی''۔

واقع بوٗ زِتھ دیُت ڈاکٹر وغلام محمدس مشورٕ زِ روف احمدنہِ انہارٕ رٹہِ سہٕ کأنسہِ جوانس منگتہٕ۔ پتہٕ لاگہِ تس سہٕ تمے پلویم رؤف احمد لاگان اوس۔سہٕ گژھ ِروف

احمدن پأٹھی سنجیدٕ آسُن ۔ بہتر گیاو اگر سہٕ جوان روف احمدس برٛونہے زانان آسہِ ۔ بظاہر اَس یہ مشکل کأم مگر ناممکن اَس نہٕ کینٛہہ ۔ خداے چھُ سبب ساز ۔ روف احمد نے انہارٕ گۆو غلام محمدس اکھ جوان دستیاب ۔ غلام محمدن جۆر تٔمۍ سندٕ ہن گرٕکین ہٕتۍ فوراً رأبطہٕ تہٕ تمن نش ۔ کۆرُن پنٕنۍ بفت بیان ۔ جوان اوس اتفاقاً روف احمدس دوس تہِ ! غلام محمدُن حالِ زار بوٗزِتھ کۆر روأرِث درو پنٕنۍ فرزندٕ غلام محمدس حوالہٕ ۔ تہٕ کینٛژن دوہن ہیچھنوٗن روف احمدنی پأٹھی کتھٕ کرٕنہِ ۔ تہٕ باقی حرکات ۔ ناوکۆرنس روف احمد ۔ بنن لادمأیلس بچارس پیٚو پنٕنس بنہٕ نس ڈرامہ گندُن ۔ تٔمۍ بنو رشید (نوکر) تہِ امہِ ڈرامہٕک کردار ۔

تتھے سارٕ ہوشن منٛز یوان اَس رشید اوس تس روف احمدُن فوٹو ہاوان تہِ ونان ۔

''صحب انہِ روف احمدس پگاہ گرٕ'' ۔ فوٹو وُچھِتھ یام سارٕ تیزان اَس رشید اوس ٹکےتس ڈے زِ پام ٹیبلٹ آپراوان ۔ سارٕ اَس بے خود گژھان ۔ کینٛہہ دوہ گژھِتھ آو غلام محمدتس جوانس ہٕتۍ یہُند گرٕیُس انہار تلہٕ روف احمدس ہٕتۍ رلان اوس ۔ رشیدس اَس داےوٗنِتھ ۔ تٔمۍ اوس پوٗرٕ رہرسر کۆر رمُت ۔

سارٕ اَس شیرٕ اندٕ رکس داسس پپٹھ روف احمدس انتظارس ۔ یہ اوس شامُک وق ۔ غلام محمد آو دوٗ رِپپٹھے ہارن ہارن کران پنٕنس گیٹس کُن ۔ رشیدن ترووٗلی وٗلی گیٹ ییٚلہٕ ۔ سارس تتھے روف احمدس پپٹھ نظر پیٚیہٕ سوٗ ژھ ٹکے بون تہٕ پوٗژ آلوان



روٹُن روف احمد نالہٕ متہِ ۔ اَچھوخوٗن ہاران ہاران دوپنس ۔

''پوترٕ ! چأنۍ دوٗرِرَن زولنم جگر'' ۔ پی ونان آو سارس گیوٗر ۔ تس کلیہِ زیٚو ۔

غلام محمدن رٕٹ سارٕ کھونہِ منٛز ۔ سارس کھوت اَسہٕ رکنۍ پھۆس ۔ ہسپتال نکھٕ آسنہٕ سببہٕ لٔج نہٕ سارس تأر ہسپتال واتنس ۔ امرجنسی ٹسٹو تلہٕ ننیاو بے انتہا ڈے زِ پام کھنہٕ ہٕتۍ چھُ سارس جگرس پرٕیُن گۆمُت ......۔

☆☆☆

# أچھن پھٲلۍ گولاب

بٔتہٕ اوٚسُس تس ’’گُلی‘‘ وَنان تکیا زِ تس ٲس سٲری پٔنٕنۍ کیٚو پرٕدۍ ’’گُلی‘‘ وَنان۔ گُلی ٲس بے انتہا حسین۔ تس وُچھِتھ آسہٕ أچھ درس پگان۔ باسان اوس گُلہِ ہٕنٛز تخلیق چھےٚ قدرتن تٔمۍ سٕندِ منشہٕ مطٲبق کٔرمٕژ۔ تٔمۍ سُند وَچھ اوس شیٖنہٕ کھون زن نپان۔ سو ٲس وۄپرڈٕ ہِشتھ ؤلی ؤلی پٔنُن بۄ رُت وچھ ساڈِ تل چھُپاوان تہٕ نرم ریشم ہیوٚ سیاہ زُلف وزلیٚو روخسارو پٹھ سومبراوان۔ تہم زٲیلین شانن پٹھ تراوان۔ تس اوس گردنہِ منٛز باگ کنہٕ فیٖژِ سیٚدِ سیٚو دسیاہ لکھچُن موٕختہٕ دانکی پٲٹھی تابان۔ گُلہِ ہٕنٛزٕ چشمہٕ جوٗری ٲس گنٕنہٕ أچھر والن منٛز اکھ خوٗبصوٗرت مگر خوفزدٕ منظر پیش کران۔ گنیو ونوٕ لِتھ اکھ ماٗر مٕنٛز مگر خوفزدٕ وادی۔ ییٚتہِ پٔژتھ دوہ ہِسر یہِ وَچھس ضرب دِتھ لوسان چھُ!۔ سوٗ ٲس کٲشیرِ یتھ شیرس سٔدرتاہِین اوس! گُل ٲس آسن وٲلِس مٲلۍ سٕنٛز کُنی کوٗر۔ شفیع صٲبٕنۍ تہٕ ناژٕنی خانہٕ موج۔ گُلہِ ہُند مول شفیع احمد اوس شہہ توس شال بناوان۔ ماہرِ کار آسنہٕ کِنۍ اوس تس سرکار طرفہٕ میڈل تہٕ دِنہٕ آمُت۔ لُکن ہُند ہمدرد تہٕ شریف آسنہٕ سببہٕ ٲسۍ ہمسایہِ یہنٛز درٕی کران۔ گُلہِ اوس شُری پانہٕ پٹھے پینٹنگ ہُند شوق۔ گریجویشن مکمل کرنہٕ پتہٕ دیُت مٲلۍ تس شہرِ کس بٔڈس چوکس منٛز پینٹنگ ہُدن سٹوڈیو ترٲوِتھ۔ گُل نٲوی یہِ سٹوڈیو گوٚ وطرفاتن منٛز مشہور۔ شوقہٕ وٲلۍ ٲسۍ ووٕنی اوٗری یوان تہٕ گُلہِ نِش پینٹنگ ملٕی ہیٚوان۔ کینٛہہ ٲسۍ نوِ پینٹنگ باپت آڈر بک کران۔ شہرِ کٕن بڑٕن ہوٹلن، دربار



ہالن، ہوس بوٹن، کافی تہٕ چاے خانن منٛز آسہٕ گُلہِ ہٕنٛز بنایمٕژ پینٹنگ لُکن رٔنٛزٕناوان۔ گُلہِ ہُند بےٚ مِثال حسن تہٕ خداداد صلاحیژ وُچھِتھ گوس بہٕ تس پٹھ پھولوٲے۔ تمہِ نیوٗ میون قرار مُہتھ۔ میٲنِس سوچہٕ آنگنس منٛز ٲس گُلہِ ہٕنٛز ژھاے رقص کران۔ تمہِ اوس میون ظوٗن سیاہ چوٗ ہِسکی پٲٹھی چوٗ ہِستھ نیوٗمُت۔ بہٕ اوسُس تس خلوکھ سمکھُن یژھان یتھ نہٕ تمہِ زانٛہہ موقہٕ دیُت۔ سوٗ ٲس مےٚ نکھٕ وٲتِتھ تہِ نکھ موٗران۔ تٔمۍ سٕنٛزِ مایہِ اوسُس بہٕ تٔمۍ سٕندِس سٹوڈیوہس طواف کران۔

’’کیاہ گژھی؟‘‘۔ تمہِ دوہ پرژھ مےٚ گُلہِ ییٚلہِ سو کینوا سَس پٹھ رٕکھن رنگ بران ٲس۔

’’دوا‘‘۔ مےٚ دِتمس ؤلی ؤلی جواب۔

’’مریض چھُ ڈاکٹرس نِش گژھان‘‘۔ گُلہِ وٚون واپس جواب۔

’’مگر میٲنِس مرضس چھُ ژے نِش علاج۔ ژٕ۔ ژٕ۔ چھکھ میون طبیب‘‘۔

میون جواب بوٗزِتھ بٔڈروو گُلہِ پٔنُن بُرُش سرخ رنگس منٛز تہٕ رٕکھن ضرب دِوان دوپُن...... ’’ییٚلہِ طبیب پانہٕ مریض آسہِ۔ سہٕ کیاہ علاج کرِ؟‘‘۔

’’کتھِ کڈ واش‘‘...... مےٚ وٚون گُلہِ عٲجزی سان۔

’’بہٕ...... بہٕ چھس ناپینا أچھ گاشہٕ نِش محروٗم‘‘۔ جواب بوٗزِتھ گنڈ مےٚ گُلہِ سُرموٗلی چشمن حسرِ تچ کُنی نظر تہٕ میٲنِس تصورکس کاینا تس آو بنیٚل۔



# جذا

تِتھے رات نیرِنچ سکھر کران اَس کوترن ہٕنٛز بٔڈ چھوکھ اَس تَتھ نِچہِ ژٕکلِس ڈٕری گنڈِھ فاتح پران۔ تِم اَسی برابر توٚ تام فاتح پران یوٚ تام سونہٲری زٕژٕ سنگرس گاشکی اشتہار لبٕھن۔ یوٚ دوَے مےٚ واریاہ کال برونہہ اتھ واقعہس متعلق بوٗزمُت اوس پوٚز مےٚ گوٚ وتمہِ دوہ تصدیق ییٚلہِ اظہر صٲبنہِ زیٚوِ مےٚ اتھ واقعہس متعلق تفصیل بوٗز۔ اظہر صٲب اَس سٲرِسے علاقس منٛز اَکھ قٲبلِ اعتبار شخص تصوٗر کرنہٕ یوان۔ تِمی اوس پُنٕن پان لُکن ہندی باپت وقف تھوومُت۔ لہٰذا لوٚگ مےٚ اضطرابس وۄتِش۔

خٲر! بہٕ روٗدُس کالہٕ پتھے رٲژ ہندِس ترِیمس پہرس انتظارس۔ مےٚ گُرکوٚٹھی نبٕند ریوٚ تام مشیدِ مینار گرٛزنہِ لگی۔ نمازِ تہجد ادا کٔرِتھ دراس بہٕ گرِ پتھٕ شوٗقس لل کھول کران تَتھ مقامس کُن ییٚتہِ نس کوترٕ ڈٕری گنڈِتھ فاتح پران اَس۔ وتہِ پکان وُچھ مےٚ عجیب وغریب واقعات۔ مےٚ وُچھ لوکٕٹ لوکٕٹ گاشہٕ پھٔلی سیاہ رٲژ جامن پرِیُن کران! مےٚ وُچھ سیاہ کھنگرس گاش غسُل کران! مےٚ وُچھ مغروٗر راتھ سحرس امان منٛگان! مےٚ وُچھ سریہِ راتھ بڑٕ کان!!!۔

أَخرکار ووٗتُس بہٕ تَتھ نِچہِ ژٕکلس نکھٕ ییٚتہِ نس کوترٕ ڈٕری گنڈِتھ فاتح پران اَسی۔ نکھے اکہِ پرانہِ مندورِ ہند سنگلہ پشہِ پتھٕ آیہِ کوترن ہنٛز بٔڈ جماتھ کُنی وُپھِ اتھ نِچہِ ژٕکلس کُن۔ تِمو گنڈی ڈٕلی ڈٕلی ڈٕری تہٕ لگی فاتح پرنہِ۔ فاتح پٔرِتھ ژٕلی تِم کٕے وُپھِ ییٚیہِ



تَتھ حویلی کُن ییٚتہِ پتھٕ تِم آمٕتی اَسی۔

''آسہِ کانٛہہ ملنگا......کانٛہہ قلندر......نتہٕ آسہِ کانٛہہ روحٲنی بزرگ۔ ییٚتھ قبرِ منٛز دفن''۔ مےٚ اَس سوچہٕ صفس پتھٕ بیٚیہِ تہِ کیٛنٛہہ سوال ووتلِتھ یوان۔ اَتھی دوران وُچھ مےٚ اکھ اسرٲری سبز رخت پٲرِتھ پانس کُن یوان۔ تس اوس ڈٕچھنِس اَتھس کیٚتھ عاصہٕ تہٕ کھوورِس اَتھس کیٚتھ اوس تس سرتلہِ ہُند کشکول۔ اسرٲری اوس تیز تیز قدم تراوان۔ تس اَس جلدی۔

''اسرٲری آسہِ رازس محرم''......مےٚ سوٗنٛچ پانسے سۭتی۔ اسرٲری ووت مےٚ نزدیک۔ میانہِ زیٚوِ کیٛنٛہہ بوزنہٕ بغٲرِ ےوٚن اسرٲری قبرِ کُن اشارٕ کران مےٚ کُن......''۔ تراوتیمی ہندے پاسہٕ ییٚتھ کشکولس منٛز کیٛنٛہہ''۔ پتہٕ گٔنڈ مےٚ تِمی کُنی نظر۔ مےٚ لوٚگ عقلہِ درسہٕ۔ مےٚ کوٚڈ ڈٕلی ڈٕلی سدرِ چنٛدٕ منٛز پھٹہٕ وٲٹی بوک تہٕ ترووُم اسرٲرِس کشکولس منٛز۔

''حٲران لگہِ نہٕ گژھُن''......اسرٲری وۄن مےٚ بُتھِس ڈٕچھنہٕ اتھٕ سۭتی پھٔش دِوان۔

''حضرت! کتھ چھےٚ تِژٕ ہے!''۔ مےٚ دوپمس عاجزی سان۔ ییٚتھ قبرِ منٛز چھا کانٛہہ ملنگ، قلندر یا کانٛہہ روحٲنی بزرگ دفن ییٚمِس یِم کوترٕ پرٛتھ دوہ صبحٲے فاتح پران چھِ''۔

''تلہِ......تلہِ......تلہِ کُس چھُ سہٕ تیوٗ تاپایہِ بوٚڈ انسان ییٚتھ نِچہِ ژٕکلس منٛز

دفن یٖمِس کوتر پٔرتھ دوٚہ صبحٲے فاتح پران چھِ؟''۔

اسہِ آرٕ دیُت عاصہٕ ستۍ قبرِ أندۍ أندۍ کُرِتہٕ دوٚپُن۔

''یٖتہِ نِس چھُ سُہ عظیم انسان دفن یٖمۍ ساری وأنِس پسماندٕ علاقہٕ کِہن غریب، نادار شُرٕ ہن علم پرناوان خرچاو۔ یہ چھےٚ تِسی عالم ہٕ فلسفی اُستادٕ سٕنز قبر''۔

''ماشااللہ......!''۔ مےٚ ژ وٚل بےاختیار زیٚوِ نیٚرِتھ۔

☆☆☆



## داو

وقتن ترٲو دارِ کنٛز وٚوٹھ بٕہ گوس مہلکھ ہیوٚ استادٕ۔ مےٚ اوس تٔس از وُنُن کیُت واریاہ تھوومُت ۔'وقتا!' کٲتیاہ داو گندکھ؟ کٲتیاہ قتل کرکھ؟ خوٗنہٕ جامہٕ رٔنگِتھ چھکھ ویہہ بدلٲیِتھ یوان۔نوکل نمن وزٕلی وزٕلی رتھ مٔلِتھ کیاہ چھکھ ژٕ ثابت کران؟ یم چھِ خوٗنہٕ نم یم ہیٚکن نہٕ مأنزِ ہندِ بدلہٕ اَستھ۔ وقتا! بٕہ ونہٕ ہے نہٕ آخر بشر چھُس نا! میأنِس جدس ستۍ گنڈُتھ داو۔ تٔس پیٚو حوا ہٕتھ جنتہٕ منٛزٕ نیٚرُن! تمن بأژن دوٚن اَس ارمانن ہٕسرٲے۔ مےٚ گےٚ ساسہٕ بٔدۍ وٕہری ظلماتن ہُند سفر کران۔ ساسہٕ بدٕہن سیاہ تلاون ہُند سفر طےٚ کٔرِتھ واتنوتھس یتھ گاشہٕ بلس منٛز۔ داو گِندی گِندی کوٚر تھس اَڈٕ مور۔ داو گندان لٔج سو جوان حسین کوٗرد رس مےٚ ژٔڈ رتہٕ پراژوباکھ۔ تٔس گوٚو موج آسنٕک تصدیق۔ تمہِ ترٲو مےٚ وارٕ وارٕ بب اَسَس۔ تٔس پھبیا وُٹھن پٔٹھ اسُن۔

''پوٚترٕ لٔج سَیہِ وٕندِتھ۔ ژٕ......ژٕ کَس ستۍ چھکھ کتھٕ کران۔ کُس آو۔ کٔمۍ ترٲو دارِ کنٛز ووٹھ''؟...... ماجہِ پرژھ مےٚ تعجبہٕ سان۔

''موج! سمیٚن!'' مےٚ دیُت وٕلۍ وٕلۍ جواب۔

''سمیے!؟'' ماجہِ پرژھ تعجبہٕ سان۔

''آ......آ......آ موج۔ سمیٚن۔ وق!''۔

''پوٚترٕ! سمیٚکۍ داو چھِ فکرِ ہندۍ سوٚتھی لہراوان۔ سمیے چھُ لمحاتن منٛز ساسہٕ بٔدۍ

اتہاس لکھان۔ ساسہٕ بُدی داوگندان۔ مےٚ چھُ یاد ییٚلہِ سٕدرٕ چیٚو بے وفا مغروٗر لہرو سوناونہٕ گاآو۔ ماجہِ نیُن وچھہِ تلہٕ دوٚدِ پرٲ ژوشُر کٔڈِتھ۔ پھانپھلووُن۔ بڈِتھ کوٚر رٲمی شُری اِرم تعمیر پتہٕ گندنس داوتہٕ توراژنس تھوونس ارمانے۔ سمیے چھُ شاہ تیمِس دٕے گژھہِ بلالؓ بنیایس تیمِس ژکھہِ گژھہِ ابوجہل بنأوِتھ کریٚس گمراہ!''۔

''مگر......مگر موج!''۔

''تھاووٚنی مےٚ چھےٚ خبر ژےٚ کیاہ چھےٚ وَنُن۔ اکھ نصیحت کرے۔ سمیٚس لگہِ نہٕ گراوکرِنی''۔ ماجہِ وٚون مےٚ کتھ ژٹان۔

''موج! سمیٚن ترٲوتمہِ دوہ تہٕ دارِ کٔنز ووٚٹھ۔ ییٚلہِ تُمی غلیظ قطرس مأری موند انہارُو چھ!''۔ مےٚ وٚون ماجہِ عٲزجی سان۔ ماجہِ گٔنڈ مےٚ کُنی مدعے۔ تس لٔج عٲرقس ببراے۔ ماجہِ اٴس ڈیکس پیٹھ زن موختہٕ دانہٕ نپہٕ نپہٕ کران۔

''لوٗکن لگہِ نہٕ سٔنُن''۔ تمہِ وٚون مےٚ۔

''کیازِ......!''۔ مےٚ پرژھ ماجہِ گول بٔرِتھ۔

''تکیازِ سمیٚس چھِ سأری گوناہ معاف گژھان۔ اوے چھُ سمے دنیاہس منٛز پژتھ انسانس وأنسہِ ہُند اکھ دوہ قتل کران''۔

☆☆☆



## آوارٕ گرد

سِریہِ اوس پژتھ دوہ شامس تَتھ دزٕمنٛز مأدانس وَچھ ووزلاوان یُس داریش وُڈٕر کسس تل اوس۔ نیچہٕ موٚمبرن بچارٕن اوس ذاپھ گژھان۔ یہٕ اوُسس یہ دلفریب منظروُ چھنک عأدی بنیامُت۔ غألبن اوس نہٕ مےٚ تہٕ تس ضرقہٕ پوشس بغأر یہ نشہٕ ہیٚیہٕ کأنسے لاریامُت۔ چھِٹہِ پوٗنپر اٴسی پتہٕ لارِ ہوٚتےُ لوٕغسل کران تہٕ پرپیٹھ پیٚوان۔ مغروٗر سِریہِ اوس یتھہِ پأٹھی لچھ بُدی وَچھ ووزلأوِتھ وُڈٕر پیٹھٕ کٔنز دوٗرس ٹھاہ دوٗرکوہ تپٕتالیٚن ضرب دِتھ پان چھوکناونہِ سٕدرٕ کھونہِ منٛز وسان۔

''سِریس چھِ سأری گوناہ معاف''۔ ژکہِ پھرِ منٛز روزن وألی تُمی ضرقہٕ پوشن وٚون مےٚ کُن۔

''مےٚ چھُ سکھ پھیران یہ نیچہِ بوٗمبرتہٕ یمبرزل اٴس ووسنس آیتی!''۔ مےٚ وٚون ضرقہٕ پوشس۔

''یہ چھُ قونوٗنِ قدرت، law of nature۔ ژےٚ پزِ نہٕ اوکن سٔنُن''۔

''ب! کأئنات، بس کالس چھُ اَسہِ یہ law of nature قونوٗنِ قدرت پہٕتراوُن؟''۔ مےٚ پرژھ ضرقہٕ پوشس۔

"Rome was not built in a day"۔ وق چھُ زخمن مرہم کران''۔ ضرقہٕ پوشن دیُت اطمینان سان جواب۔ ننگہٕ تالہِ دیٚتُن دٕ چھنہِ اتھٕ ستی

پھِش تہٕ لوٚگ سرٕیس تھلہِ تھلہِ وُچھنہِ، ضرقہٕ پوٗش اوس فلسفی یہ آوےٚ پنٕژ اہہِ وُہری سمجھ۔

''ب! دوٚن جدأ ے کرنُک گوناہ تہِ چھا سرٕیس معاف''؟

سِر یہِ چھُ شِشُر وہگلا وان......وَچھ وُشناوان......سِر یہِ چھُ ماجہِ زُلف خمن سنگار جران۔ سر یہِ چھُ زُنہٕ گاشُک رخت پأران......سَر یہِ چھُ ظلماتس گاشکی اشتہار لکھان''۔ ضرقہٕ پوٗشن دیُت کلہٕ تھوٚ دتُلِتھ جواب۔

''تہٕ مسولن تن کرہناوان''۔ مےٚ پرژھ لتس حأرتہٕ سان۔

''اَہ...... کوٚ رہے ژوژ۔ کوٚ رہے تتھےٚ تتھےٚ! صرف چھےٚ پانس کُن پوٚ۔ مُنہِ مُنہِ فأتی کُنہِ نہٕ کینٛہہ، طاون زَدِ کھورن تل ووتےُ آب!۔ ضرقہٕ پوٗشن وٕون خشمہٕ ہوٚتےُ۔

''بب! شرارت لگہِ نہٕ کرُن۔ بہٕ چھُس نہٕ غزأ لی زِ نوقطن ژارِ معانے! بہٕ چھُس اکھ بےٚ بس تہٕ مجبوٗر انسان۔ بہٕ چھُ یتھ داریش وُڈرمنٛز فطرتکی تماشہٕ وُچھنہِ یوان۔ سِر یکی آ کارتہٕ ضرب وُچھِتھ چھُم فِکرِ درسہٕ لگان! سونہأری وَچھس آمہٕ تاو وُچھِتھ چھُم ظوٗن ہلکأری گرژھان!''۔

پتہٕ...... پتہٕ کیا أے حأصِل؟''۔

''بب...... اضطراب۔ بیتابس اضطرابس کران ہن ہن ہُر برٕ چھُکھ۔ مےٚ وتم پھٹراوِ کأتیاہ مےٚ گےزولانہٕ ساقی''۔



''خصلتھ چھےٚ بارو دِوان۔ خودغرجی ہنٛز ژاپنھ چھےٚ أچھن بہِتھ۔ you are selfish''۔

''بب! کہنیٛ آم نہٕ سمجھ''۔ مےٚ دوپمس کأرنوٚ مرأ وِتھ۔

''ژےٚ چھُے پنٕنہِ منشہِ مطأبق سوچکی پیمانہٕ مقرر گرٕ ئتی۔ اتھ ونان غلط اندازن ڈٕتینٛج کرٕنی۔ Himalayan miscalculation۔ اوَے چھُکھ ژٕ پھِری پھِری پننہٕ نے رزِ درسہٕ دِوان۔ کوٚکرس کُنی زنٛگ۔ خودغرض!''۔

''بب! یہ خصلت چھےٚ بنی آدمس زیٛنہٕ گرےٚ ستی آسان''۔

ضرقہٕ پوٗشس گوٚ واسُن وِکرِ۔ تٔمی تروو ٹھاہ ٹھاہ کران اسُن۔ بڈٕ مجہِ کُجہِ پیٹھ تخس بہِتھ جاناوارن لٔج کُنی چھگ۔ دارِ کی لٔگی لارتہٕ لارِ کی دار!۔ پتہٕ گٔیہِ اچانک ژھوپہٕ بہٕ گابریوس۔

''بب! خا...... خأری چھا؟''۔ مےٚ پرٕژھ لتس حأرأنی سان۔ ضرقہٕ پوٗش گوٚو مہلکھ ہیوٗ اِستادِ۔ ژادرِ شُکرس کوٚ ڈُن کُنی کش۔ تٔمی ہٕژ رووأ س، سہ لوٚگ تہمبرِ چھکنہِ۔ میانہِ سوچہِ پچہِ گوٚ وپرُن۔

''خودغرضی چھِ گاشس لوٗٹھ کوٚ رمُت۔ کاژٕ تہمبر وچھےٚ نال وولمُت۔ پٕنُن چھُے نہٕ کہنٛز تہِ بوزنہٕ یوان۔ سِر یک وَچھ ووزلاوُن أ ے سمجھ! پٕنُن وَچھ ووزلان گے مُشتھےٚ۔ زانٛہہ کوٚرتھا پانس محاسبہٕ یا زانٛہہ ژےٚ غور کوٚ رمُت؟۔ تہلہِ؟ What about your introspection?''۔

''بب! ......''۔ مےٚ گیہِ لتس ضرقۂ پوش فلسفیٚس برٚونہہ کنہِ گلہِ زیٚو! تُمی ترآو میانہٕن کمزور شانن پۂٹھ پنمنز گوبِ اتھۂ۔ میأنس سوچہِ ونس گنڈن گنی لُش۔ ٹِپ، ٹِپ، ٹِپ، ٹِپ، بۂ اوسُس ووٚنی پنہٕ نے احساسی تاوِ منز کرِ پھلیٚن ہندی پأٹھی توَنہٕ یوان۔ باضے اوس مےٚ گُمان گژھان بۂ ماچھَس وتستا گرٛزان، تمے چالہِ اوس مے عأرق تہیہِ وَسان! ضرقۂ پوش فلسفیٚن تُلی میانیٚو شانو پۂٹھ اتھۂ تھوٚد۔ شاید آوتس میأنی کربۂ کریوٚٹھ حالاتھ وُچھِتھ مےٚ پۂٹھ رحم۔ تُمی نیوٚس بۂ اتھس تھپھ کرِتھ پننہٕ ژکہِ پھرِ منز تہٕ بھنوونس پانس مقابلہٕ ژولہِ برونہہ کنہِ۔ تُمی زأج ولہِ ہُر۔ نارٕ بریہہ پۂٹھ میانہِ کھونہِ منز۔ مےٚ دِنی ؤلی ؤلی زٔٹ!

''ووٚٹھ کیازِ کڈِتھ......''؟ ضرقۂ پوشن پرژھ مےٚ اَسان اَسان۔

''کہِ ......کہِ......کہنٛہ نہٕ......کہنٛہ نہٕ''۔ مےٚ وٚون لتس کھوٚژی کھوٚژی۔

''تہلہِ کیازِ گوے عقلہِ ناش؟ وأنٛس سورے آوارٕ گردی کران؟ افسوٚس بغأرلا ریوے نہٕ کہنٛہ! ؤری وادٕ وَچھو وزلاوان گوے سورُے مُشتھے۔ کہنٛہ تہٕ روٚ دُے نہٕ یاد......لاخأر درا کھ......! پتہٕ گرِتھُن رٕ نیامر شمیض ہتھ پردیٚن حوالہٕ ......تمو بدذاتو خرچأو سوا یوانن تہٕ دربارن منز!!''۔

☆☆☆



# ویٹر

لتس أس ؤچھکی ژأ ٹگی ژو کأمتی۔ سوٲس تارس پۂٹھ أچھو گُٹ ریہہ ژھٹان۔ مگر لتس ٲس سیاہ بادأمی چشمن بےٚ کأف شرأنچ مُستی پیڈان۔ لتس اوس کتھن موٚختہٕ ہران۔ تُمی ہنٛز بُمہٕ ہارنجہٕ آسہٕ عرفہٕ ژوندراوان! سوٲس اجنتا فنِ کأریگری تہٕ تخلیق کأری ہُند اکھ اعلیٰ نموٗنہٕ۔ سوٲس شخصیتھ کأری ہنٛز سِپار...... سوٲس شینہٕ کول گرٛزان۔ لتس وُچھِتھ آسہٕ أچھ درس لگان۔ سوٲس پزے آروز تخلیق کارن زن تہِ لتس پرٛژھِتھ تخلیق کُرمٕژ۔

بذأری اوس تُمی سُند مول مومہٕ پشہِ سأئنس گرس منٛز دہن ؤہریٚن تلبأزی کران۔ یہ پچھےٚ تمن دوہن ہنٛز کتھ ییٚلہِ میون مول ژورن بایٚن ہتی یکوٹہٕ روزان اوس۔ پتہٕ دراے میأنی پترٕ اکہِ اکہِ الگ تہٕ اسہِ گےٚ تتھ أکِس گرس پانژھ گرٕ۔ آرزو ٲس تمن دوہن لوکٹ ییٚلہِ سو مألس پنٛنس ہتی کُنہِ کُنہِ سون یوان ٲس۔ پنٛنی مألی ماجہِ پرنأو آرزو۔ سوٲس پرنس کرٛژ واریاہ ذہین۔ آرزو اوس شُری پانہٕ پۂٹھے موٚرژٕ بناونک شوق۔ سوٲس لوکچارس باضے أٹس تہٕ باضے رَبہِ موٚرژٕ بناوان۔ وأنٛس بڈنس ہتی ہتی کوٚڈتس أمی شوقن کاڈ۔ گریجویشن مکمل کرنہٕ پتہٕ ٲس سو پنٛن فالتوٗ وق موٚرژٕ بناونس منٛز ضرخرٕچ کران۔ سوٲس اکہِ لٹہِ انسأنی رویس نظر تراوان تہٕ پتہٕ ٲس ہوٗ بہوٗ تِژھے موٚرژ بناوان۔ مےٚ چھُ سوچہٕ حضس پۂٹھ سہُ واقع کھننہٕ آمُت ییٚلہِ سون

نوید ڈاکٹری پٔرِتھ فارغ گوٚ وموٗمہِ پشہٕ آوپٔنِژ کوٗر آروز ہیتھ سون مبارکس۔ آرزوَن کوٚر نوید صأبس اکھ مجموعہ پیش یتھ سیاہ رنٛگٕچ مخمٔلی ڈٔج گنڈِتھ اَس۔ یتھ یم مأل پٔتھرٕ سانہِ گرِ درائے۔ میانہِ خاندارنہِ سروَن مژ رووٕلی ؤلی مجمس گنڈ۔ زَن لٔج اَسہِ دوٕن بأژن پدیٚن تل حأرٕتکس ناگس وُزٕنی ییٚلہ مجمس منٛز نوید وُچھ موٗرژ سٔنِتھ گوٚ واَسہِ دوشٕونی بأژن تصدیق زِ آرزو چھےٚ نوید صأبس یژھان۔ یوٚ دوَے سروَن مےٚ کن کوٚر رمُت اوس پوٚ زیہ موٗرژ بنے یہِ تٔمی سٕنٛز دلیلہِ دعوٰی۔ اَسہِ دوٚن بأژن تہِ اوس غرض۔ ووٚن گوٚ وچھناونان۔

تدبیر کُنند بندہ تقدیر کُندن خندہ

ایم ڈی مکمل کٔری تھےٕ آیہِ نوٕپدس ولایتس منٛز جاب آفر۔ تس میوٗل ولایتس منٛز جاب۔ اَسہِ دوٚن بأژن تہِ تمبلیاو دِل نوید صأبس تہِ اوس غرض۔ گرٕ ژھان گرٕ ژورٕ ری شےٚ رٕہتھ۔ ووٚنی اَس آرزو یاو ہِکہِ تاوٕ پیٚنہٕ آمژ۔ سوٕ اَس سأنی پأٹھی نوٕپدس پراران۔ تمہِ دوہ آوسانہِ آشہِ ہُند مینار زمینہِ وِکراونہٕ ییٚلہِ اَسہِ بوٗز نوید صأبن چھُ ولایتس منٛز أکِس عیسأےکورِ سیتی خاندر کوٚر رمُت۔ یہِ خبر پھہلیاے نارٕ کی پأٹھی سأری سےٕ علاقس منٛز۔ دشمنو کوٚر مبارک مگر دوستو کوٚر تعزیت۔ ووٚنی اَسی اَسی بأژٕ ژٕ نہِ ژوٗرزن تٔتھ مألی سٕندِس پرأنِس مکانس منٛز کرب خرچاوان یتھ سنگلہِ پٔشس جایہِ جایہِ ووتھ وسان اوس! سروس گوٚ ونہٕ نچوٕی سُند دوٗر رٕ برداش تمہِ ہیٚوت أنٛدری یوٚ تام انٛد مزار وأژ۔ موٗمہِ پشٕنی خاندارِ یٚنٛ زوٗن تہِ موٗیہِ امے بہانہٕ۔ کورِ ہنٛز ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹ



وُچھِتھ گوٚ وٕتس بچارِ تہٕ أنٛدری سنہٕ۔

ولایتس منٛز روٗ زِتھ بنیاوسون کُن اولاد احسان فراموش۔ ماجہِ ہٕندِ مرنٕچ خبر بوٗ زِتھ کٔر تٔمی بس اکھ ووٚٹس اَپ مسیج! مےٚ چھُنہٕ پٔنُن افسوٗس۔ مےٚ چھُ حسرت گرٕ ژھان تٔمی بدنصیب اولادن کِتھٕ مُشرأ وسو دگہِ دارموج ییٚمی تٔمی سٕندِس پرنس دوران کنہٕ وأل کیا، ہٕبگرِ، وِدرن، سنگھار بوٗکس، اسبند دأنی تہٕ سوٗ ساگلر تام ٔکنز یوٗسہٕ مےٚ تس جنت گارنہِ خاندرِ چ گوڈنٛچ رأژ گردن نأل ترأ و!۔

''جناب! یہٕ چھُس ووٚنی تنہا وُجارٕ تارس پیٚٹھ اکھ بےٚ توژھ ژوٚنگ دزان''۔ تٔمی ووٚن ووٚش ترأ وِتھ۔

''سو آرزوٗ کوٚت گٔیہِ پتہٕ......''؟ مےٚ پرٕژھ تس۔

''جناب! مأل سٕندِ مرنہٕ پتہٕ روٗ دنہٕ تس بچارِ کانٛہہ۔ لہٰذا آیہِ سومیون گرٕ''۔

''کیاہ......!''؟ مےٚ پرٕژھ تس تعجبہٕ سان۔

''اِو جناب! تمہِ کوٚر مےٚ سیتی نکاح''۔

''مگر......!''۔

''جناب تِی کرٕ عرض۔ تمہِ کوٚر سہٕ نہٕ یہٕ مول قبوٗل مگر نکاحس دِژٕنی ترجیح!۔ تمہِ گوٗنڈ شرٕک سوتھ۔ سو چھےٚ بہادُر لڑکی۔ She is brave۔ جناب سو چھےٚ میأنِس تخیٖل کِس کوہِ قافس پیٚٹھ سیمرُغ وُڈوکران۔ یہٕ چھُس تٔمی سٕندٕ بن وُشنہٕ شہن پیٚٹھ پٔنِنہِ سر دیا متی خاب تاوٕانان''۔

’’ژٕے چھےٚ نَےٚ بختن یاوری کٔرمٕژ‘‘۔مےٚ دوپس درجواب۔

’’جناب! درایں چہ چک!...... ہٰذامن فضلِ ربیّ‘‘۔

’’ژٕے کوتاہ چھُکھ پۄ رمُت؟‘‘۔مےٚ کۄرتس سوال۔

’’جناب! بہٕ اوسُس ترٕہن ؤریٚن أکِس نامدار پرایویٹ سکوٗلس منٛز

پرناوان۔تتہِ فارغ گژھِتھ واتنوُس ازلہٕ لأنی یور!‘‘۔

’’اچھا تُہی ماچھِو ماسٹر وقار صأب‘‘۔

’’آ......آ۔بےٚ چھُس۔اِدٕ ژٕے رٕکتھٕ پأٹھی پیے میون ناو یاد‘‘؟

’’جناب! بہٕ چھُس تُہنٛد شأگرد‘‘۔مےٚ وۄن تس عأجزی سان۔

’’جناب! ووٚنی پرژھا بہٕ صرف اکھ سوال‘‘۔

’’پرژھیو‘‘۔تٔمۍ دیُت ڈیکہٕ مژرِتھ جواب۔

’’سومۄ رژ کۄت گیہِ یوٚس آرزون نویدس پیش کٔرمٕژ أس‘‘؟ مےٚ پرژھ

تس حأرأنی سان۔

’’یہ چھُ اکھ دلچسپ سوال تہٕ اتھ سٟتی وابستہٕ واقع چھُ امہِ کھوتہٕ تہِ دلچسپ۔

آرزوتٕھٕتھے میأنِس کمرس منٛزژایہَ تٔمۍ سنٛز گوڈنچ نظر پیٚیہِ تَتھ شوالمارِ پیٹھ یتھ منٛز سومۄ رژ

أس۔تمہِ کٔڈ خشمہٕ ہۄت سومۄ رژ شوالمارِ منٛز نبر تہٕ مےٚ برۄنٛہہ کنہِ کرِنس ترُچہِ‘‘۔

جواب بۄزِتھ پھٔٹ مےٚ وُسہٕ وأسی۔

’’جناب! بیٚیہِ کھیٚو اکینٛہہ؟‘‘۔تٔمۍ پرژھ مےٚ۔

’’الحمدللہ......مےٚ مہٕ ؤنیو جناب۔بہٕ چھُس تُہنٛد اکھ ادنا شأگرد۔بِل

دِیو‘‘۔

ویٹرن کٔڈ نیلہِ ایپرن چنٛدٕ منٛزٕ بِل۔یتھ ہوٹل اِن in لِکھِتھ اوس۔

☆☆☆

# بہٕ کُس

ووٚنۍ گے اتھ واقعہس الہٕ پلہٕ داہ وٕری پیٚٹھی تہٕ کم نہٕ یِیلہِ یونیورسٹی ہِندِس آڈیٹوریٚمس منٛز مشہور عالِم تہٕ فلسفی اُبوبکّر سوالن جواب دِوان اوس۔ سوال پرٛژھن والیٚن ہُند فہرست اوس گوڈے تیار کرنہٕ آمُت۔ فہرستس منٛز اوس میون ناو ترٛیِمس نمبرس پیٹھ تھاونہٕ آمُت۔ پنٛنہِ وارِ پیٹھ کوٚر مےٚ اُبوبکّرس سوال۔

''حضرت بہٕ کُس چھُس......''؟

''ژٕ چھُکھ پنٛنہِ افسانٕک کردار''۔ اُبوبکّر صاٲبن دیُت وٕلی وٕلی جواب۔

''حضرت! وضاحت چھُس یژھان'۔ مےٚ کوٚر درخواس۔

''لیچھہٕ وادٕ ری برٛوٚنہہ کوٚر تٕمۍ چون سکرپٹ تخلیق۔ میون مطلب چھُ چون افسانہٕ۔ تٕمۍ سُند نریٹیو narrative چھُ بےٚ مثال۔ تٕمۍ سُند کرافٹ craft چھُ لا جواب۔ سہٕ تخلیق کار چھُ عظیم۔ سہٕ چھُ احد سہٕ چھُ صمد لم یلِد ولم یُلّد، سہٕ چھُ ژےٚ اتھِ تہٕ سورُے کرناوان یہ سکرپٹس منٛز درج چھُ''۔

''تلہِ...... تلہِ کیا چھےٚ میأنۍ کأم!''؟ مےٚ پرٛژھ لتس تعجبہٕ سان۔

''چون سوال چھُ مزید وضاحت یژھان۔ سوال چھُ غور طلب لٰہذا چھُس بہٕ درخواس کران باقی سوالن ہُند وق تہٕ گژھِ أمۍ سےٚ سوال کرن وألِس دِنہٕ یُن''۔ ڈایسَس انچارج صاٲبن کوٚر اعلان۔ آڈیٹوریٚمس منٛز ہیتھ سارِوے بوزن والیو



ووٚن یک زبان سپدِتھ (ضرٛوٗر)۔ اوپتہٕ فرمووا اُبوبکّر صاٲبن۔

''کہأنی ہِندِس ٹریٹمنٹس treatment ستۍ چون متفق آسُن چھُنہٕ ضرٛوٗری۔ چون فریم تہِ گوٚو تمے دوہ تخلیق یِیلہِ تمہٕ سأری فریم تخلیق گے۔ یِمہٕ أس، یِمہٕ چھِ، یِمہٕ آسن، یِمہٕ گے تہٕ یِمہٕ گژھن! چانہِ افسانٕک فریم چھُ مأری موند، خوٗبصوٗرت تہٕ خوفناکھ تہِ ژےٚ چھےٚ بذأتی تِ کرُن یہ سکرپٹ منٛگان چھُ۔ چون سفر، میلہٕ گٕنۍ تہٕ منزل چھُ سکرپٹس منز درج۔ لفظن ہنٛز ترتیب setting چھےٚ افسانہٕ تخلیق گژھنہٕ وِزے ڈِزاینٛ design کرنہٕ آمِتۍ۔ چأنۍ پرٛتھ اکھ ادا چھےٚ چأنِس فریمس منٛز قأد''۔

''تیٚلہِ چھُنا مےٚ فریمہٕ منٛز نبر نیرُن''؟ مےٚ پرٛژھ تعجبہٕ سان۔

''ہرگز نہٕ...... never۔ چون تخلقی کار چھُ مختار۔ ژٕ چھُکھ مجبوٗر''۔ تٕمۍ دیُت خشمہٕ ہوٚتُے جواب۔

''میأنۍ خوشی، غم، فِراق تہٕ وصل میون کرب یہ سورُے چھا تیٚلہِ سِکرپٹس منٛز درِج''؟ مےٚ اوس زن پدٕن تل حأرتُک ناگ وُزان۔

''obeviously یہ۔ یہ سورُے چھُ سکرپٹس منٛز درج''۔ لتس پھبیا ووٚٹھن پیٹھ اسُن۔ پنٛنۍ کتھ جأری تھاوان ووٚن اُبوبکّر صاٲبن۔

''کہانی ہِندِس سفرس منٛز یِمہٕ تہِ پڑاو یِن یم چھِ سکرپٹس منٛز درج۔ پرٛتھ پڑاوس تام چھےٚ سیمیٚچ ژٕ کرواتناوان''۔

''حضرت!......سکرپٹس ہیٚکنا تبدیلی گژھِتھ؟...... I mean emendment?''۔

''What nonsence......کیاہ کیاہ بکواس چھُکھ ونان۔سکرپٹ رایٹرن چھُ سکرپٹس منٛز واقع نگاری ہِندِ حوالہٕ لفظ میٛنتھ تہٕ توٗلِتھ تھاۍوی متۍ۔نے چھِ سکرپٹس منٛز لفظ repeat گژھان نَے چھِ ڈایلاگ بدلان۔سکرپٹس منٛز چھُ اختصار لاَزِم قرار دِنہٕ آمُت''۔

''تیٚلہِ چھامیون نریٹو سکرپٹس محتاج''؟مےٚ پرژھ کھوٗژی کھوٗژی سوال۔

''Hundred percent۔ژٕ ننہِ وانہٕ وَدتہٕ یاژوٗ رِژھپہٕ۔ژٕ اَستہٕ پننہِ نادأنی پٹھ یاژٕ کرتہٕ پنٕنس آسنس پٹھ ناز۔بہرحال کرٕکھ ژٕتۍ یہ بحیثیت کردارژےٚ نِش سکرپٹ منگان چھُ۔سیأسی، سمأجی، بیانیہ، عشقیہ، نفسیأتی روحجانن ہُند کُنی کردار''۔

''تیٚلہِ چھُس بہٕ ئلی گیر گژھان!''۔مےٚ ووٚن بڈِ پانٕسے ستۍ میأنِس سوچہٕ سٕدرس اَس گرٕکھ۔مغروٗر لہرواوُسس بہٕ کومہِ روٗژمُت۔

''بالکل صحیح......ییٚلہِ ییٚلہِ ژٕ پننہِ کہأنی ہِندِ فریمہٕ منٛزٕ نبر نیرٕنچ کوشش کرٕکھ یا ییٚلہِ ژٕ بڈِس تخلیق کارٕسندِس پُلاٹس پننہِ عقلہِ ہنٛزٕ گرِنہٕ ستۍ ہیر پھیر کرنٕچ کوشش کرکھ۔مایوٗسی تہٕ ناکأمی بنہِ چون مقدّر''۔

''ووٗنی کیا کرٕ بہٕ تیٚلہِ؟''۔مےٚ پرژھ تس عأجزی سان۔'I'، detach your 'بہٕ'۔ لفظ کرُن پانس نِش ژھٕننہٕ۔چون محور بنہِ خوٗبصوٗرت۔ژٕ لبکھ قرار''۔

اُبوبکّر صأبن دیُت اطمینان سان جواب۔یتہِ پأٹھی ووت سوال و جوابن ہُند دور انٛد۔اُبوبکّر صأبن تھوا ایوانِ صدارتس منٛز پننہِ کُرسی پیٚٹھ تشریف۔پتہٕ آو ڈایس انچارج روٗف احمد ڈایسس برٛونٛہہ کنہِ تہٕ تحریک شکرانہٕ پیش کران ووٚن تٔمۍ۔

تدبیر کران عمر مالہِ رأوِم تقدیر آم نو وَنے
یِی لانہِ لیٚوکھنم لوحِ محفوٗظس تِی چھُس نکھٕ والان

☆☆☆

# وُتش

بُستی نیٚبر وُڈٕ رکٔسس تل اوس شُر یٚو الاوز وٕلمُت۔ تریٚشوے شُری اُسی نیم عُریان فِشر ہاوان دُنیاہ کیٚو دُلابوٚنش بےخبر۔ بارِ بارِ الاوس پھوک دِوان اُسی تِمن گٔژھ وۅزلان۔ یتھُے الاوس ریہہ گنڈان اُس، تریٚشوَے شُری اُسی ہوٚل ہالے ٹلان۔

''ہو ہوٗ ہوٗ ہا...... اَلی ...... الی ......نارٕ مشکہٕ...... ہوٗ ......ہوٗ ، ہو ہا''۔ بڑی شُری دیُت اکہِ اکہِ باقی دوٚن شُر ہن اتھ ستی اُسس تھوٚپ تہٕ کرنٲوِ ژھوپہٕ۔

''ہیاہ......وٗنیٗو......نا یے ہو......نا یے ہو......''۔

''اچھا...... پتہٕ گژھن سٲری اَسہِ أندی أندی جماہ شیطانہٕ!''۔ دوٚیم شُری دیُتُس جواب۔

''کولہِ پھُپھی ہٕیرٕ! اَسہِ دٔگناو کھ ژوتھ!''۔ تریٚیم شُری وونُس خشمہٕ ہوٚتے۔

أتھی منٛز کھٔژ ریہہ آسمان ، شُر یٚو ٹل ہوٚل۔ ''ہو...... ہو...... ہو ہا...... اَلی......الینارٕ مشکہٕ۔ہوٗ ......ہوٗ ......ہو ہا!''۔

شوربوٗ زِتھ درایہِ عمہٕ کاوِنی خاندار ینٛز اَشہِ برأرُ دزوٗن دُکراوٗن ہتھ أندرٕ تہٕ آیہِ وۅہوان یمن شُر ہن برٛونہہ کُن۔

''کیازِ دیوانہٕ چھوا گٲمتی۔ہہٕ تُہنٛزن ماجن لٔگٕنٛہ تُہنٛز دگ۔کن کَڈ یو۔کوٚ رنٛجو



زہر باد۔ پگاہ ونو ماسٹرس، ژوتھ نے دگناؤ موتبلہِ چھُس نہٕ عمہٕ کاوِنی زنانہٕ''۔

اَشہِ برأر دراییہِ وہوان واپس گرٕ کُن۔ یتھُے اَشہِ برأر راتھ رژ ایہِ مکانس منٛز شُر یٚو ٹل بڈ شور۔

''اَلی اشہٕ برأر۔میوں میوں۔لأشی۔ پگاہ ونو لاشہٕ وأٔلس۔ کُنے ٹاس دِیی۔لاشہِ وول چھُنہٕ وُچھان یہ چھاسی برأر کنہٕ لأش۔

اَشہِ برأر اُس سورُے کنو بوزان پوٚز شُر ہن ہِندس شرارتس برٛونہہ کنہِ چھُ از تام گمو گمو ہتھیار ترأوِمتی! اشہِ برأر رژ أپ أندری ژکھ۔ شرارتہٕ ستی وۅزلےست امبری ژوٗنٛٹھکی پأٹھی روخ۔

''خبر کتہٕ بیوٗٹھ بدمعاش۔ آسہِ سارِ بلہِ ستی دربارس میٹھیامُت! سو چھگہِ لد ہوکھر تہِ کتہٕ چھُس زبرباد لدس تھپھ ٹلان۔ پینٛز از تارس فِکرٕ گژھِ چھُ۔ ماجہِ ہُند دۅد پاوس یاد''۔ اَشہِ برأر اُس پأنی پانس ستی کتھ کران۔ ؤٹس منٛز اوس عمہٕ کاوِیم سارے کتھ بوزان۔ تُمی ترأو دروازس کُنی لتھ تہٕ شرارتہٕ سان دوٚپُن اشہِ برارِ۔

''ہونہٕ ہِندی پأٹھی چھکھ دوہے آسان چنوں چنوں کران۔ زانٛہہ چھےٗ نہٕ یہ چونٛٹھ بہوان۔ یہے کتھ زن بوزی ژٔے سارِ۔ سوے زچن ترتھ دِیی۔ یہ اوسس شُر ہن تماشہٕ وُچھان تِم بچأری تہِ اُسی نالان۔ تِمن تہٕ اوسے خبر کیاہ کیاہ وۅنمُت!''۔

''ونِکھنا......!''۔ اشہِ برارِ وۅن شرارتہٕ سان خاندارس جواب۔

''پوٚز زِ ہی چھکھ ونان۔ گوڈٕ ژٔے۔ ژٔے کتہِ گژھی الاو وُچھن خوش۔ وُہ

ۆ ری وأتی نامےٚ تہٕ تمبرِ برہناوان ۔اِ الاوشولیاونہٕ ازتام!''۔

اَشہِ برارِ وٚوتھ ڈِ درایہِ اوش۔ عمہٕ کاوس گوٚ وپنہٕ غلطی ہُند احساس۔ مگر تیٖر اوس تیٖر کمانہٕ منٛز درامُت! اشہٕ برأ ر درایہِ بامبرِ ہوٚتےٚ کچنہٕ منٛز ژھوٹہٕ لودہتھ تہٕ أڈی پۆ ری تراوان وأ ژشُر ہن نِش۔ اَشہِ برارترو وہکہٕ ژھوٹہٕ لوٚ دشولوٕنِس الاوس پیٹھ۔ الاوس گنڈٕ ن گُنی ریہہ۔

''ۆ نیو......ۆ نیوٚشُر یوٚ بڈِ بڈ اشہِ برارنارٕ ڈٕ ز......اشہٕ برارنارٕ زأ ج''۔

شُر یوٚ دِ ژٕ بڈِ بڈ کرٛ کہٕ......''اشہِ برارنارٕ ڈٕ ز......اشہٕ برارنارٕ زأ ج''۔

اشہٕ برأ ررۆ زشُر ہن ہستی برابرتوٚ تام الاوس أنٛدی أنٛدی گتھ کران۔یوٚ تام سورُے الاوسۆ ری گوٚ و۔

اَشہِ برارِ گوٚ وگُمہٕ سران۔سوٕ ئج دَرٕ تہٕ سُرٕ ڈھیرس پیٹھ آیہِ تمبرٕ ہن ہندی پأٹھی نہہ ناونہٕ!!

☆☆☆



# انارکلی

نا ِ گن ویلی ہٕندِس گٔنِس وٕنس منٛز أس سو جوان کوٚ رپئنِس جبس رأچھ در۔ مٔتِس ہارس منٛز تہِ اوس تس مُنل دأوی دار پٔڑ پھیٖرن نألی۔یتھ پیٹھ تس انارر نگچ سأڈی ۆ لِتھ أس۔ سوأس ڈ کہٕ بڈ۔موچن ہارنجہِ چالہِ بھمن منٛز آسہٕ تس ہرنہٕ چشمہٕ پرُخمار باسان۔تُمی ہٕندِ جسمُک اکھ اکھ انگ اوس زن تہٕ تُمی ہٕندی ہے منٛشس پیٹھ بناونہٕ آمُت۔سوأس سراپا حسن۔انأری اوبرٕ ٹیٚچِہن منٛذ زن تہِ پونم ہنٛز زۆ ن گہان! تُمی سُند جُژ دار ہوٚ ن اوس تس نکھ پئنٛز زٕ ٹھ نوکل پنجہٕ دراز دِتھ ہیتھ۔تس اوس شرٛ نز ہوٚ چونٹھ ییٚلے۔سہٕ اوس تمہِ انمانہٕ خمان زِ خدشہٕ اوس سہٕ ُ تراوِےٚ چیٚپھی یام بہٕ تس حسین جوان کورِ برٚونہہ گُن گژھ۔ یپأری اسوےٚ تُمی ہٕندی حسنن سوچہٕ تھانس تہی مژ روومُت۔ ےٚ أس نہٕ پانس تہِ پَے زِ ےٚ کیازِ چھےٚ تس جوان اجنبی کورِ وُ چھنچ ہنہِ ہنہِ کل گنان۔ ےٚ وٚوتھ خیالہٕ ڈینجہِ پن......''ےٚ......ےٚ کیازِ چھُ ہنگہٕ منگہٕ تس کورِ ہُند سر یہہ، یوسہٕ نہٕ ےٚ ازتام زانٛہہ تہِ وُچھ مژ ے چھےٚ! ےٚ کپس رِشتہٕ چھُ أمِس ستی! نہٕ ہمسایے، نہٕ قبیلچ، نہ رشتہٕ دار، نہ زان تہٕ نہ پہچان۔تیٚلہِ......تیٚلہِ کیازِ لوٚ گُکھ پانہٕ سیاہ زُلفن ہنٛز والہِ واشہٕ......تپالہِ!!''۔

ہؤن اوس میأنی ژھرٕ ٹہٕ ژھرٹہٕ ژٕرژان۔ ژٕمی سٕنز أچھ آسہٕ زٕ دامہٕ ری گگ وُہان! لتس اوس ژٕمنی تأوکُرِتھ ڈیکہٕ باسان۔ یا اللہ! مےٚ اوس سہٕ دوٗن أچھن کھران۔

’’مگر بہٕ...... بہٕ کیا زِ گوس ہنگہٕ منگہٕ یہ جوان کورُ چھ، تھ روٹہٕ!‘۔ اتھ ونان ہتہٕ ہونہِ کھٹہٕ زنگ۔ کہیوٚ پانہٕ نیر پانس‘‘۔ پی سونچان کٔرمےٚ نیرٕنچ سکھر۔ زٕ ترٚے قدم کٔڈِتھ کوٚرتمہِ بڑِ آلو۔

’’قدم ٹھہراو......‘‘۔ بہٕ گوس آلو بوٗزِتھ یکدم رُکتھ۔ زن تہِ کُنہِ فوجی بارکِ منٛز پٔننٕ افسرن سپہس ہالٹ وٚون۔

’’پکھ...... پکھ......نکھٕ......میون شیرا کری نہٕ کینٛہہ‘‘۔

’’شیرا!......‘‘۔ مےٚ پرژھتس حأرتہٕ سان۔

’’آ......آ۔ شیرا چھُ مےٚ ہوٗنِش ناو‘‘۔ تمہِ دیُت ڈکہٕ مژرِتھ جواب۔ بہٕ آس ووٚنی بےٚ خوف پأٹھی لتس بروٚنہہ کُن۔

’’مےٚ وُچھتھے لَجیہِ أچھ درس۔ پوٚزوَن۔ یہ چھُنا پزر؟‘‘۔ تمہِ پرژھ اَسان اَسان۔ مےٚ کوٚرلتس کلہٕ ستی یقرار۔

’’کتہِ چھُکھ روزان؟ کیاہ چھُے ناو۔ کیاہ چھُکھ کران؟‘‘۔ تمہِ پرژھی مےٚ اَکی پرأ ژواریاہ سوال۔

’’بہٕ چھُس اژان وتن ہُند مسأفر......‘‘۔ مےٚ دیُتُس سارِنٕے سوالن ہُند اکُے جواب۔



’’ژٕے...... ژٕے کیا چھُے ناو‘‘؟ مےٚ پرژھ لتس یوٚرٕ سوال۔

’’انار...... مےٚ چھُ انارکلی ناو‘‘...... اَسہِ چھُ پیٚتھی افروٗٹھ والہٕ دامنس تل بہکھ‘‘۔ انارکلی وٚون اطمینان سان جواب۔

’’ژٕے...... ژٕے کُس چھُے بیٚیہِ ڈھیرس پیٹھ روزان‘‘؟۔

’’میون بابا، میأنی موج، میون شیرا۔ بیٚیہِ چھےٚ مےٚ پانس کٔنس لوکٹ بینہِ زیبا۔ سو چھَنہٕ اَسہِ ستی بہکہِ منٛز روزان‘‘۔

’’سو کتہِ چھےٚ‘‘؟ مےٚ پرژھ لتس تعجبہٕ سان۔

’’سو چھےٚ کوچنگ کران شہرس منٛز۔ لتس چھُ انڈین ایڈمنسٹریٹوٗ سٔروِس امتحان پاس کرُن۔ پتہٕ چھُ لتس ڈی ایم بنُن۔ یہ چھُ اَسہِ سارِنٕے بأژن ہُند مشترکہٕ خواب‘‘۔

’’ژٕے کوٚتاہ چھُے پانہٕ پوٚرمُت......‘‘؟ مےٚ پرژھ انارکلی۔

’’مےٚ چھُ میٹرک پاس کوٚرمت...... ووٚنی چھَس باباہس کامہِ منٛز مدد کران۔ أسی چھِ بُستی ہندی تیٚری گُری گُپن ہٹھ نیوٚ رکھسان۔ أسی چھِ زمیندارن نِش مانگے سومبرأ وِتھ پٔنن روٚن زوٚن کران۔ خدایس کُن شُکر پٔنن ہاکھ بتہِ چھِ کھیٚوان۔ بیٚیہِ چھُ زیبُن خرچہٕ تہِ نیران‘‘۔

’’ژٕ ماچھَکھ یمن تیٚرن پتہٕ پتہٕ پھیرِتھ تنٛگ یوان۔ یتھ گٔنِس جنگلس منٛز‘‘؟

’’ہرگزنہٕ بہٕ چھَس یمن تیٚرن پتہٕ پتہٕ پٔننی مأری منٛز کہأنی گران‘‘۔

’’کہأنی!‘‘؟مےٚ پرژھ انارکلی تعجبہٕ سان۔

’’آ......آ...... کہأنی۔ میانہِ کہأنی ہند کردار چھےٚ میأنی لوکٹ بیٚنہِ۔ زیبا۔ سأنی پگہچ شان، اکھ ایماندار افسر یوسہٕ مےٚ تخیٖل کِس کینواسس پیٹھ تخلیق کٔرمٕژ چھےٚ‘‘۔

’ژےٚ چھُیا خاندر کوٚرمُت‘‘؟۔مےٚ پرژھ ژٕر جگرٕ کٔرتھ تس۔

’’نا ......نا......یوٚ تام نہٕ میأنی کہأنی مکمل گژھِ میون خاندر کرُن چھُ توٚ تام محل۔میانہِ فِکرِ ہنٛز باگنے واتناوِ میأنِس پلاٹس دَدارٕ!‘‘۔

’’انارکلی! خوبصوٗرت آسنہٕ باوجود کِتھٕ پأٹھی چھکھ ژٕ یتھ ونس منٛز بےٚ خوف پھیران‘‘؟

’’ییٚتہِ چھےٚ شانتی...... یہ وَن چھُ انتشار تہٕ اندیشو نِش فارغ۔ میانہِ وٕنچ زمین چھےٚ زرخیز...... ییٚتہِ چھُنہٕ جاناوارن بول بوش کرنس ٹھاک۔ ییٚتہِ چھُنہٕ خاب وُچھن جُرم نے چھُ شہن زولانہٕ گنڈِتھ۔ ییٚتہِ چھُنہٕ اخبار مُرِتھ روشن دان! ییٚتہِ چھُنہٕ کتھن ایکسرے گژھان۔ ییٚتہِ چھِنہٕ امارو ٹسی گژھان۔ ییٚتہِ چھُنہٕ ہاوسن شُشر لگان! ییٚتہِ چھِنہٕ نامولوٗم سنٛز پتھ۔۔۔۔ییٚتہِ چھُنہٕ ناگہٕ جوٗین راوُک رأچھ! ییٚتہِ چھِنہٕ دمہٕ پھٕٹ اضطراب! ییٚتہِ چھےٚ آبہٕ درٕچ دَگ سُلے جاناوارن ستۍ نٔند رِوُزٕ ناوان!‘‘۔

انارکلی ہٕندی رسدار سوٗخن بوٗزِتھ پیوٚ مےٚ یکدم پنُن شہر یاد ییٚتہِ روین پیٹھ زندگی حأران چھےٚ! ییٚتہِ گاشہٕ رنگن تنابہٕ چھِ کٔری ک۔ری! ییٚتہِ ندنبن لیوتھ تہٕ ڈیڈی



پھولان چھِ! ییٚتہِ حرفہٕ کدلس ٹھٔٹھی پھٹِتھ آے! انارکلی ہُند شیرا اوس مےٚ مدعے گنڈِتھ وُچھان۔ سہٕ اوس میانِہن حرکژن ژرژان...... اوے باضے زیوٚٹھ کاڈ کڈان تہٕ باضے پانس دِنن دِتھ پنٕنہِ طاقتُک باس دِوان۔ سہٕ اوس پنٕنِز زٔٹھی پأرِم اَل ہِش زیوٚ نبر کڈِتھ پنٕنہِ شرارتُک مظأہرٕ کران۔’’مےٚ چھُ پنٕنہِ کہأنی تیٚتھ ٹریٹ منٹ دیُن یتھ میانہِ کہأنی ہُند کردار یگاہ مایوٗس روٗین پیٹھ آش لِکھِہ۔سوے آسہِ میأنی کامیأبی‘‘۔

انارکلی وٕون فخرِ سان۔تس اوس پنٕنِس کردارس پیٹھ ناز......انارکلی ستۍ اکہِ گأنٹہٕ کہِ ملاقات پتہٕ بدلیاو میون منشہٕ پانے۔ میانہِ ارادٕچ ہانٛکل آیہِ پھٕٹِتھ۔مےٚ ہیوٚت اجازتھ۔ بہٕ گوس بیٚیہِ دُنیہکس لوہ لنگرس ستۍ۔یوٚ تام سمیے بٕند رٔکرِتھ ژول۔ ژورن وٕریٚن روٗدُس بہٕ پنٕنِس لاشعوٗرس صفس پیٹھ پھٕٹ ہِتنہن خابن ہنٛز عنوان روٚس بےترتیب کہأنی گران۔پوٚز مٔشی مٔشی تہِ اوس نہٕ مےٚ سہٕ ملاقات مشان! تمہِ ملاقات پتہٕ ژورِ وٕہری آیہِ میأنی افسانہٕ سوٚمبرن (افسانہٕ روٗدُم باونے) چھٔپتھ۔ یار و دوستو کوٚر اصرار زِ یہ کتاب گژھِ ضلعہٕ ہیڈ کوارٹرس پیٹھ رِلیز گژھٕنۍ۔تی سپد یاو تہِ۔امہِ دوہ آوا ڈیٹوریم مہرنہِ ہٕندی پأٹھی سجاونہٕ۔محفلہِ ہٕندی مہمان زِوقار آسۍ ڈی سی صاحب یمو حال حالے جوٗین اوس کوٚرمُت۔ پنٕنِس تمہیدی خوطبس منٛز دیُت ڈیلس ی صأبن مختصر پأٹھی پنُن تعارف۔

’’خواتین وحضرات! مےٚ ییٚلہِ أچھ مژرایہِ میأنی گوڈنچ نظر پیٚیہِ تھد بن بالہٕ تھونگبن پیٹھ۔ میانہِ نظرِ کوٚڈ کاڈ۔ یتھ پرٛاوس تام واتناونس منٛز چھُ تس تخلیق کارسُند

اہم رول ییٚمی نیٚرن، نٔیٚن، نارن، ونن تہٕ بالن منٛز جِب رچھان میٲنٛز کہٲنی گٲر! میٲنٛز زِیٹھ ببہٕنہِ انارکلی چھےٚ میٲنٛز تخلیق کار۔ بہٕ چھَس تٔمی سٟنٛز تخلیق گٲرمٟژ کہٲنی زیبا!''۔

☆☆☆



## بہٕ موڈُس

......تنہٕ پیٹھ چھُسبہٕ موٗختہٕ پانہٕ تہٕ سورُے ژرژان یہ مےٚ ٲستی بنان چھُ!

مشان مشان مٔشر ووٗس بہٕ سارِے۔ بہٕ اوٗسُس پنٕنِس پردیٚن أچھ منٛز کِٹُر! میٲنِس قلمس گٔیہِ بوٗلی۔ شہرٕ کی بٔڈی پبلشرن کٔنُس بہٕ شیٹھ فیصد ڈِسکونٹ ریٹس پیٹھ۔ بیڈروٗم، ڈرسنگ روٗم تہٕ ڈرائینگ روٗم سجاوان ووت میون البم برآری کأنی پیٹھ۔ بہٕ موژیاس بٔڈی بب سٟندِس صندوٗقس منٛز! میانہِ آشنٕی اوس البم وُچھنس بروٗنہے ٹھاکھ لاگنہٕ آمُت۔ سہٕ کرٕ بناکھ منظر چھُ میٲنِس تصورِکس کاینالس دِنن کران ییٚلہِ میانیٚو فرزندو میٲنٛز افسانہٕ سکرپٹ پلاسٹک جگہٕ بدلہٕ رٔ دی کاغذہٕنہٕ وٲلِس دِتی۔ تمہِ پلاسٹِک جگہٕ ٲستی چھِ میٲنٛز شُری واش روٗمس منٛز پنٕنہِ جسمکی ناپاک اٟنگ صاف کران۔ محلہٕ شُریٚو گٲرمےٚ ژھوٹہٕ لاٗ دِس پیٹھ باگنے۔ تِمن شُرٕبن منٛز اوس مِصرِ ہُدن ڈھایہِ وُہرنیچُ آفریدی تہِ۔ تٔمی نیوٗس بہٕ گردِ غسل کٔرِتھ پنٕنہِ ماجہِ مصرِ نِش۔ مصرِ تھووٗس بہٕ وچھِ کِس ژأنگس تل وٕلی وٕلی کھٕٹِتھ۔ مےٚ دیُت موٗمتہِ پانہٕ مِصرِ ژأنگِس ژٕ ہہ! لس پیٚو گڈٕ ونیک محبتھ یاد......پتہٕ ووتھ لس دَدرایہِ اوٗش!۔

ہنگہٕ منگہٕ پیٚیہِ میٲنِس زِٹھس خانہٕ مأٲلِس شامُک بتہٕ کھیٚوان میٲنِس بٔڈِس فوٹوٗس پیٹھ نظر......خبر کیا پیوٗس یاد۔ أچھ بٔگہٕ آس۔ بتہٕ ٹوٗ رِس کوٚ رُن اڈم ڈوڈ۔ بتہٕ اتھ گوٗس بانسے منٛز روٗ زِتھ۔

''پتہٕ کتہِ اوس سیوٗ د؟...... کھےٚ بتہٕ دوہٕ ٹک چھُکھ فاقے''۔ میأنس خانہٕ
مألِس وٚون پنٕنہِ خاندارنہِ۔

صبحاے عنبٕد رٔوٗتھتھےٚ گوڑٕ انوارووٗس بہٕ نوشہٕ لبہٕ پیٹھ بون تہٕ بہٕ تھوونس سنگلہِ پٔشس ژھنگرس تل ژوٗ رِیٚتہِ نس راتہٕ موٗغلس تہٕ ڈھیر اوس۔ سہٕ کاژ تہٕمبر کون تہٕ اوس دوٗہس میأنس فریمس نوکل پنجوٚ ستۍ تچھان۔ آخر گیہ شیشس رُم۔ فریم آو پھُٹتھ!۔

''ژٕ...... ژٕ ماچھُکھ کُنہِ مزارِ پیٹھٕ آمُت۔ نتہٕ چھُکھ بنگہٕ چیٚتھ!''۔ پروفیسر جلیلن پرژھ مےٚ حأرأنی سان۔

''کیازِ؟''۔

''زِندٕ آسِتھ چھُکھ پانس مرِدونان''۔ جلیل صأبن پرژھ مےٚ خشمہٕ ہوٚتے۔

''بہٕ حض چھُس تیٚلے موٗ دمُت''۔ مےٚ وٚون جلیل صأبس۔

''تقصیر......! اَتھ ونان عقلہِ ناش گژھُن''۔ جلیل صأبن پرژھ ووٗنی مےٚ شرارتہٕ سان۔

''مےٚ نہ حض چھُنہٕ عقلہِ ناش گوٚمُت...... نہ چھُس بنگہٕ چیتھ۔ توٚہہِ ستۍن ضرٗ رمیانہٕ یمہٕ سارے کتھہٕ تمہِ دوہ سمجھ ییٚلہِ ژٕ تہِ میأنی پأٹھی مرکھ تہٕ مُرتھ سرکھ تہِ سوٗرے یہِ بہٕ ازسران چھُس''۔

''What non sense احمق''۔ جلیل صأبس کھوٚت گلیٚن رَتھ۔ سہٕ گوٚ وتارِکوٗ ٹِکی پأٹھی اِستادٕ۔ تٔمی گنڈ مےٚ حسرتچ کُنٕے مدعے۔ تس ووتھ بےٚ اختیارٔ چھو



منز اوش۔

''جلیل صأب! مےٚ دیتو معأفی۔ بہٕ چھُس محض اکھ لاش!''۔ جلیل صأبن کڈٕ چندٕ منزٕ سفید شین ہش رومال تہٕ لوٚگ اوش صاف کرنہِ۔

''خبر کیا پیوس یاد...... پانہٕ کیازِ کوٚ رُتھ اتر......موٗمُت چھُکھ پنُن بنُن کیازِ کوٚ رُتھ تس شخصس نِش بیان یُس زندٕ چھُ۔ مُرتھ چھا کتھ پھبان۔ مگر۔ دپان چھِنا۔ کتھ چھِنہٕ مران۔ کتھ چھےٚ شُنِس منز باقی روزان''۔ بہٕ لوٚگس پانٕسے ستۍ سوچنہِ۔

جلیل صأبن کڈٕ چندٕ منزٕ سگریٹ ڈٔبی بامبر ہوٚتے دِژن لایٹرٕ ستۍ سگریٹس ژٕ کھکھورِ اتہٕ کلس فش دِوان دوپُن......''تتھے پأٹھی لُج تمہِ دوہ تہِ میانہِ مندورِ ژٕ کھ۔ بہٕ ژمیاس سگریٹ ٹِکی پأٹھی ایسٹرے منز۔ مےٚ اوس یُژ کأکی زخمس انگ آمُت۔ بیٚیہِ لوٗگ نوٗسرِ میون زخم رِسنہِ۔ عدنان اوس مےٚ خابن ہُند بُرج خلیفا یُس تمہِ دوہ زمینہِ وِکرنہٕ آو ییٚلہِ سہٕ مےٚ ژھل گٔرتھ ژول تہٕ بہٕ لوٚگس واوِگلٕن منز حأری ثاتن گیٚجہِ کرنہِ''۔

''جلیل صأب! بتہٕ موٗ دُس ناتے دوہ ییٚلہِ وراثت بأگراوان سانیٚو وأرث درواسہِ دٚون بأژن تہٕ باگنے گٔر! بہٕ چھُس ووٗنی محض پنٕنٕن احساساتن ہنٛز لاش ہتھ حالِ حأران''۔

☆☆☆

# توہہِ ماساوٗ چھون مأنٛز چھس اتھن

بااللہ! اگرمےٚ پانس تہِ پےَ اٗس لَس کیا اوس سکولس ریکارڈس منٛز ناودرٕ ج۔ لَس اٗسی سأرِی بیوٗٹی ونان۔ beauty گوٚ وُحسن۔ تٔمی سُند خدوخال وُچھِتھ اوس بنی آدمس تٔمی سُند بےٚمثال حُسنُک احساس گنان۔ ''اوے آسہانس بیوٗٹی ونان''۔ یہِ اوسُس پأنٛژ پانس سوال کران۔ تہٕ پانے اوس پانس بیوٗٹی مدعے گنٛڈِتھ جواب تہِ دِوان۔ ''ژٕ ہأبِ چھکھ پٔزی پأٹھی بیوٗٹی۔ ژےٚ ہبی شوٗ بی بیوٗٹی ناوٗ''۔

میٹرک پاس کٔرِتھے خوٗل بیوٗٹی گرِلوٗم۔ تمہِ کھاجہِ ترٚے تہٕ ڈھاے کأنٛی شاپِچ پینٛز دورِ۔ بیوٗٹی ہُند مول ووستہٕ رمضٔ اوس قأصب ووؤ ر مانہٕ یوان۔ یِتھٕ کٔنٛز اوس کأنٛی شال قصٕب یمن رگن منٛز خوٕنکی پأٹھی دوران۔

بیوٗٹی ہُند نکاح گوٚ وٗتٔمی ہٕندی ہے گامس منٛز رحمان میرٕنس نچُوس شبیرس ہٕتی۔ شبیراوس انجینرنگ پاس کٔرِتھ گرے مألِس کاروبارس منٛز اتھٕ روٹ کران۔

بیوٗٹی ہٕندِ گرٕ نیرنہٕ ہٕتی گوٚ ورحمٰن میرس تہٕ تٔمی ہٕنٛزِ آشنہِ شہمالہِ فِکرن ڈھیر۔ رحمٰن میر بیوٗٹھ نوِسرٕ دورِ۔ یہ روٗ درنہٕ ر۔ سہٕ کار تہٕ پجراوان۔ بیوٗٹی پٮ۪ٹھ وأ ریوٗ گرِ تہِ لوٗمس۔ تمہِ کھول جاماوارنقشہٕ۔ ووٗنی اوس مٔنٛزی مٔنٛزی شبیر تہِ بیوٗٹی ہٕتی تجُن گنٛدان۔ بیوٗٹی اٗس خاندار ہٕندی ارسرٕ خوش کران۔ یپأری اوس نہٕ شبیرس شرافتس تہٕ قأبلیٚتس دوٕیم جورٕ۔ شبیر اوس خودار۔ انّا پرست نہٕ۔ لَس اوس نہٕ بیٚیہِ سُند ظلم وُچھُن برداش گژھان۔ لَس اٗس خوٗنس گرٛ کھلگان۔ سہٕ اوس نہٕ اِہنٛز ارے، وأ ے یاواے بوزُن ہرگز تہِ برداش کران۔ شبیر نہِ حرکٔژ وُچھِتھ اوس ماسٹرعبدالغنی دوہے سکوٗلس منٛز ونان۔

''دراوکیاہ ساکوٗ نگہٕ منٛز روٗنگہٕ پھوٚل۔ شبیر چھُ درامُت پُپس شُپ ہٮ۪تھ۔ ہتابیکلہٕ! کتھ معاشرس چھُکھ درامُت اصلاح کرنہِ۔ یُس معاشرٕ رشوت، اپُز، بےٚ ایمأنی، جہالت تہٕ ظلمس پٮ۪ٹھ چلان آسہِ تتھ معاشرس کیا کرِ چون نژُن؟ خبر کتہِ گژھِ بچور نختے مارِ۔ اِدِ پتہٕ ہیٚیس نہٕ ناوتہِ کانٛہہ۔ ئلی ژھنہِ لَس جوان کورِتاون!''۔

مےٚ گٔیہِ پرموشن تہٕ یہ سوٗ زہس أکِس سرحدی علاقس منٛز ڈیوٗٹی۔ حأ کِم بنٛنہٕ ہٕتی کھوٚت مےٚ ذمہ دأریٚن ہُند افروٗٹھ نکھن۔ مےٚ گوٚ وسورُے مُشتھے۔ یہٕ اوسُس ووٗنی پچھی ریٚتی گرِ یوان۔ آور یارٕ کنٛز اوسُس نہٕ یہ لاشعوٗری صفس پٮ۪ٹھ لکھِتھ سپارٕ پرٕتھ ہیٚکان۔ یہٕ اوسُس نہٕ ویسے تہِ یژھان ووٗنی سوچہٕ صفس پٮ۪ٹھ بیوٗٹی ہُند ظوٗن رَچھُن! سرکارن کوٚرُس یہ دٕہن دوٕہن ہٕندِ نرسنگ کورس باپت نامزد۔ مےٚ رٔٹ بس۔ یِتھُے سأنٛی بس منسپلٹی حدوٗ دن انٛدر دأخل گٔیہِ۔ بُتھِ اوس ٹریفک جام۔ مےٚ لرِ بہِتھ سوأری لٔج پننس سأتھیس ٹسنہٕ ژٹان وننہِ۔

''از چھےٚ بیٚیہِ دراہٕژ لأل مجنوٗنس ژھارنہِ۔ پٮ۪ٹھٕ چھےٚ فوٹو ہٮ۪تھ نیران۔ منٛز باگ روڑس منٛز استادِ گژھان تہِ اکہِ اکہِ وتہٕ گتن فوٹو ہاوان!''

''بنہٕ نس لگہِ نہٕ گیلُن''۔ مےٚ دیُت یمن جواب۔

''جناب! أمِس جوان کورِ چھےٚ love بیمأری سنیاہٕژ۔ ووٗنی چھَنا خوامخواہ

اسہِ ہرجہٕ کران۔پرٛتھ کانٛسہِ چھےٚ شہراوٕتُن مجبوٗری آسان!''

''أری آیہِ سأری اور دراونہٕ کانٛہہ۔آسیس بچارِ کانٛہہ وکانہٕ گوٚمُت''۔

میون پێ وُنن تہٕ ٹریفک دراو۔ سأنٛی بس آسہِ ہے مسا مسازٕ یاڈہاے میل پٔچمٕژ۔بێیہِ رُکیاوٹریفک۔سوارِ لجہِ شیشوٚ کنٛز وُچھنہِ۔کینٛہہ سوارِ آسہٕ اسان۔کینٛہہ أسی افسوس کران تہٕ مےٚ وُچھ کینٛژن سوارێن پانے اوٕش وسان۔مےٚ أس سگریٹ ٹیٚٹھ کھٔژمژ۔بہٕ ووٚتھس بسہِ منٛز بون تہٕ لوٚب کُن روٗ زِتھ زوٗلُم سگریٹ۔أتھی ستی گیہِ مےٚ دردناکھ آواز کنن۔

''میانہِ مہرازو......ولا۔ تلا ووٚلہٕ ووٚنٛی......۔ چانہِ دادِ چھَس وتن راد مینان......! میون جاماوار ہاکھێوٚ عطرِ......! پرێُن ہا کوٚرنس......! میانہِ وأنٛجہٕ ہٕندی پأٹھی......!''۔

مےٚ موٗرٕ ژوبوٗت سگریٹ۔زن تہِ لٔج مےٚ پدٕہن تل زمین رٕسنہِ۔تتھےٚ بیوٗٹی مےٚ نکھہٕ وأژ۔بیوٹی وُچھ مےٚ مہرنہِ رخت پأرِتھ۔شبیرُن فوٹو وَتہٕ گتن کُن ہاوان۔پتہٕ پنٛنہِ پُر دردلَیہِ منٛز ونان۔

''ہیے......توٚہہِ مساوُ چھوَن مأنٛز چھَس اتھن!''

☆☆☆



## میانہِ شہرُک واواز کیا چھُ خمان بێیہِ نہٕ کہنٛژ!

کرٕب کریوٗٹھ معاملاتو بنووُس بہٕ افسانہٕ نگار۔میأنٛی افسانہٕ چھِ سوے دَگ باوان یوٚسہٕ اکہِ یابێکہِ رنگہٕ میانہٕن لُکن بدس چھےٚ۔میأنِس قلمس آو ماجہِ ہُند کرب باگہِ۔''توٚہہِ کیاہ وأنٛس آسہِ؟''۔پروفیسر زیدن پرٛژھ مےٚ سوال

''پروفیسر!مےٚ کٔری سرێس أنٛدی أنٛدی شیٹھ چکر مارچ زٕ ساس کُنوہس منٛز مکمل......''۔

''ژےٚ کیاہ چھےٚ ازتام حاصِل؟''۔

''کینٛہہ أری تہٕ کینٛہہ کھٔری افسانہٕ بێیہِ نہٕ کہنٛژ''۔

''چانٛہن افسانن کوٚسہٕ ہمتھ چھےٚ یتھ دورس منٛز۔ This is the era of sensationalism۔یہ چھُ ہنگامہٕ آرأی ہُند دور''۔

''پروفیسر!میأنٛی افسانہٕ چھِ میانہِ ازتام کہِ سفرٕ کی روداد بیان کران۔منٛز لِکس پرٛتھ پڑاوس پیٹھ وأتتھ دأریأے مےٚ افسانہٕ۔بہٕ چھُس پانس أنٛدی ٹٔکی سپدن والیفن واقعہن ہُند چشم دید گواہ''۔

پروفیسر زیداوس غورٕ سان میانہِ کتھہِ بوزان۔تس اوس زن تہِ میانہٕن افسانن پیٹھ تنقیدی جأیزٕ لیکھُن۔

''چانٛہن کینٛژن افسانن منٛز چھےٚ لوسی ہنٛز ذِکر بار بار کرنہٕ آمژ۔ژٕ اوسُکھ

لوسی ہِندِس محبتس منٛز فِرٲری گۄمُت‘‘۔

’’ناکام محبت‘‘۔مےٚ دیُت ؤلی ؤلی پروفیسر زیدس جواب۔

’’سو لوسی کۄت گٔیہِ پتہٕ؟‘‘

’’پروفیسر...... کتھن پزِ نہٕ یوٚت کشُن‘‘۔

میون جواب بوٗزِتھ کھوت پروفیسر زیدس سکھ شرارت۔

’’مگر لوسی چھےٚ چاٲنس احساسی شہرس منٛز اتہِ انہرش مسایہِ ژٹان!؟‘‘

’’بس ......بس کر...... پروفیسر خدارا بس کر......مہٕ تُل کتھ۔میانہِ احساسی شہرِ چ پیٚنچ گٔرگٔر قیامت نظر چھےٚ قہرٕچ‘۔

’’ژٕ ......ژٕ کیا چھُکھ وُنن یژھان‘‘؟

’’پروفیسرا کھ ہٲبتنا کھ حٲدثہٕ۔یُس میاٲنس احساسی شہرس پیش آو‘‘۔

’’حٲدثہٕ......!!‘‘ پروفیسر زیدن پرژھ تعجبہٕ سان۔

’’آ......آ...... پروفیسر واریاہ کال گۄ ویٚلہِ اکہِ رٲژ میاٲنس احساسی شہرس پاگل واواگادِگۄ و۔وُچھان وُچھان نیوٗن مٲری مُندِس گُلستانس تہراج گٔرِتھ۔میانہِ شہرُک واو لۄگ خمنہِ۔بوٚچھیامُت نَب اوس ژھایہِ بریٚکان۔سبزار پیے دٔزِتھ، مرگزارن لٔج پھُلے! درم سالہِ ہِندی کوترژٕلی شہرترٲوِتھ۔دَچھِ پوٚنپرٕن لۄگ ہۄٹ۔ اجنبی جاناوار پھٔری باغس۔تمو نٟ اکہِ اکہِ چِٹھ، پوٚنپر کھٔتھ۔کیٛنہہ ترٲوِکھاڑٕ مٲری گٔرِتھ! نیچہِ بۄ مبرن گۄ وپھرٕٹھ۔وٕہِکس کسہٕ کالس منٛز رووولوس معنے۔لۄسی نہٕ نٲوی



میانہِ محبتکی سٲری آکار یَیم لتس نشہِ محفوٗظ آسی۔ پروفیسر! مےٚ چھُنہٕ افسوس زِ لوسی دیُت لوکچہِ لنکایہِ نار......افسوٗس چھُملوٗسی تھوو ماجہِ ہُندترنگہٕ راونس نِش گٔرِو!!

☆☆☆

## دگہِ ہُند دود

روضی ہِژ رأ وماۂلِس ڈۄ رتہٕ بدلونس ڈائپر۔ ماۂلی گۄنڈ جوان کورِ کُن حسرتٕچ کُنی نظر۔ تس لٔج اوشس دار!۔

''ژٕ ......ژٕ کیا زِچھکھ ابا غم بران......یہٕ چھسے ژےٚ کۄ رتہٕ تہٕ موج تہٕ!''۔

''کۄ ری! سہٕ طاون زٕ داولاد دراوأ خر بےوفا۔ تُمی کس ترأ وی أسی؟''۔ ماۂلی وۄن وَدان وَدان کورِ۔

''ابا......ژٕ ......ژٕ کیا زِچھکھ غٕ بران! ژٕ مہٕ ہیےٚ کانٛہہ وسواس۔ یہٕ چھسے ژےٚ دٕ ہن گوٚ برن برابر''۔

''کۄ ری! مےٚ کیا پرٕ گی تھأوتس نادانس۔ تھٔز تعلیم پرنووٕم۔ عالیشان بنگلہٕ تھومس بنأیتھ......مےٚ کیاہ کوٚرنہٕ تس پٹھ۔ تس رۄ دنہٕ کھٕنٛژ یاد! بےٚ توٚ ژھ فالجہِ لد ماۂلِس أسی کتھ کران لال وسان''۔

''ابا......زۄ وٚنڈ ے، جگر وٚنڈ ے، منساو......ژےٚ اوسُے کانٛہہ نچوٚ یا مےٚ اوس کانٛہہ بوے۔ یُس اولادنہٕ ماجہِ ہندِ مرٕنچ خبر بۄزِتھ تہٕ گرِ واتہٕ۔ ییٚمس اولادس ماجہِ ہُند أخری دیدار کرنٕک تہٕ آرزٕ آسہِ۔ تتھِس اولادس کیا آسہِ حسرٕ۔ ابا...... پشراو خدایس سُے کرِ فأصلہٕ......کر۔ کرٕ ژٕ آرام یہٕ کرٕ چانہٕ باپت رس تیار''۔

''کۄ ری! نیر...... نیرٕ ژٕ''۔ ماۂلی دیُت کورِ بتھِس چھش۔ روزی دیُت نہٕ



أ چھو منزٕ اوش قطرن ڈکنہٕ۔ تمہِ کوٚرژٕ رجگرٕ تہٕ خوشی ہُند نقلی آثار وۄتلاوان درایہِ ماۂلی سُند مولُت ڈاپیر ہتھ کُٹھِ منز نبر۔

روزی آسہِ ہےتٕرٕ وٕ ہ، ژٕ وۄ ہ یا پنٛژٕ ہۄ رِش۔ آتیٚژے آسہِ ہے۔ ایم، ایس سی پاس گرِتھ۔ آ، شاید تمے ۆ ریہ گذرےتس موج۔ بوے اُلفت اوس روزی زٕیٹھ۔ مےٚ چھنہٕ پےٚ تُمی کتہٕ کرے یا وایم۔ بی۔ اے۔ ووٚنی گوٚ وأسی دۄنوے روزی تہٕ بہٕ أسی گریجویشن گرِتھ فارغ گأمتی، مےٚ اوس آرٹس سبجیکٹ تہٕ روزی اوس سائنس۔ پتہٕ بۄ زمےٚ تمنٛے دوہن اُلفتس لوٚگ دُبے منز جاب۔ بس یہ چھےٚ مےٚ پےٚ۔ اَسہِ گےوَتہٕ باگنے۔ روزی۔ وأ ژٕ یونیورسٹی مزید تعلیم حأصل کرنہٕ باپت۔ تہٕ بہٕ لوٚگُس سرکأری مُلأزم۔ یوٚ تام روزی موج جنّت گارٕینٛز فرحت آنٹی زِندٕ أس سہٕ گرٕ اوس پھولان۔ وا ے!۔ پتہٕ زن لٔج تتھ گرس نظر۔ غُلام رسولس گوٚ وأ رکس پاسس فالج۔ کارلوٚگ لُکہٕ اتھن منز۔ یُس دارِ ہَس تُمی کھیوس۔ س ۄ بوٚ رُت دُکان تہٕ گودام گوٚ وۄارٕ وارٕ خألی۔ باپار یوبخشوس نہٕ۔ یوٚ تام روزی زمین کِنٛتھ ماۂلی سُند قرضہٕ نکھٕ وول۔ اُلفتن کوٚ رُدبے منزٕ أرکس فرہنگو کورِ ستی نکاح۔ تس گوٚ ومول موج مُشتھے۔ روزی بچأ رٕ لٔج کُنی زٕنی داوس۔ سہٕ مأری موٚ ند گو لاب یتھ وٕ تھرن پٹھ نوٚ پھیر موجوٗدے أس تتھ ہیٚوتن وارٕ وارٕ زٕ ژٕراژن۔ مگر غیرت منٛد کورِ دیُت نہٕ ہرگز بےوقت ہردس پانس پٹھ ہأوی گژھنہٕ۔ تمہِ کوٚ رحالاتن تہٕ معاملاتن ستی مقابلہٕ۔ بیمار دأ ری کٔنز أس تتھ عالیشان بنگلس ووٚنی درو دیوارٕ ڈھیان۔ تتھ پوشہٕ باغس زایہِ سوے تہٕ بنگہٕ۔

وۄنۍ أس روزی فقط پٔنٕنس بیمار مألِس خدمتھ کران۔ تس کھیاوان، چاوان تس صفأیی کران تہٕ ضرۄرت وقتہٕ تس ڈائپر بدلاوان۔ باضے أس روزی روتھ کیُت ترٛیِہ یا ژورِلٹہِ مألِس ڈائپر بدلاوان۔ سۄ أس مألِس لرِ شونگان۔ سۄ أس شونگنہٕ برۄنہہ خابن تہہ کران تہٕ شاند ہیٚوان۔ یہ اوس روزی شبابُک عرۄج۔ extreme pubenty۔ سۄ أس بۄرُت وچھمۄ ران۔ تس اوس باضے پانے وَچھأ دران! روزی أس یہ سورُے برداش کران۔ وۄنۍ اوُسس یہٕ مٔژی مٔژی روزی ہٕندِس بیمار مألِس خبراتر ہیٚوان۔ تیٚمی کٔنۍ یہٕ روزی ہٕندٕن معاملاتن أنژی مٔژی گوس۔

وۄنۍ ییٚلہِ تہِ ڈائپر بدلاونہِ روزی مألِس ڈۄرمژ راوان أس غلام رسولس أس چشمن دارلگان۔ تس اوس کورِ کُن وُچھتھ کرہنمازس دَگ وۄتھان۔ سہٕ اوس کورِ کُن حسرِتچ مُدے گنڈان! ......"سۄ جنت گارہٕنۍ ژٔج مے ترأوِتھ کۄری ژٕ لجِتھ تپالہِ......سۄ۔ سۄ۔ کایٕز چھنہٕ مے پانس نش بلاوان۔ ژٕ ...... ژٕ کأتِس کالس روزکھ اِرسَر کران۔ أخر کیاہ بنی ژےٚ!"؟

"ابًا! یہ لگہِ نہٕ وُنن ...... یہٕ چھَس فرض نکھٕ والان۔ مےٚ چھُ دِلس راحت میلان۔ ابًا۔ ژٕ آس فقط دعا کران۔ مألِس ماجہِ ہُند دعا چھُ قبۄل گژھان۔ یہٕ چھَس ہردم کعبس طواف کران۔ یِی چھُ نبیؐ سُند فرمان تہِ"۔

"کۄری! گژھ خداے دِینے اتھ مختس موزۄری۔ پژتھ رنگہٕ روزخوشحال۔ زانہہ مہٕ پأے نَے میون پرودگار پرٕ۔



روزی کۄر ربڈِ آمین تہٕ درایہِ کُٹھِ منٛزٕ نبر۔

روزی أس ٹیۄشن کران تہٕ یتھٕ پأٹھی أس پٔنُن گذارٕ چلاوان۔ تمہِ دوہ ییٚلہِ روزی لیکچرار لسٹس منٛز ٹاپ کۄر۔ مےٚ چھُنہٕ وُچھمُت ازتام کانٛہہ اَکھا تیۄتاہ خوش یۄتاہ روزی ہُند بیمار مول غلام رسول خوش اوس۔ سرکأری نوکری جواین کرنہٕ برۄنہہ صرف کیٛنٛہہ دوہی گۄ واچانک غلام رسول رحمتِ حق۔ یہٕ اوُسس حأران یہٕ کرا روزی تعزیت کِنہٕ کرس مبارک۔ روزی أس ازپانہٕ تہِ دوہدِشکی پأٹھی پُرسکۄن۔ کتھن کتھن منٛز کۄر تمہِ مےٚ نِش اشفازِ تمہِ دوہ اوس ابہٕ شامہٕ پیٹھے خوش۔ تس اسئ وُٹھن پیٹھ مسکراہس رقص کران۔ تس أس ازرویس پیٹھ زندی اسان! یہٕ شوبِنجس ابس لرِ۔ نصف رأژ گٔرِس یہٕ تٔمی ہوشیار۔ مےٚ وُچھ تس اوس ڈائپر اوُدرگومُت۔ مےٚ ہٕژ رأو تس وارٕ وارٕ ڈۄر۔ نۄو ڈائپر بدلاوان گٔر مےٚ ابن کھورِ نٕرتھچھ۔ تٔمی گنڈ مےٚ کُنی مدعے۔ مےٚ لٔج اوٗشس رٕج۔ ابن رٕٹس یہٕ نالہِ متہِ۔ مےٚ روٹ ابہٕ کھونہِ منٛز۔ تٔمی کۄر مےٚ اشارو ستی ودنس ٹھاکھ۔

"ابّا۔ میانہِ دردِل ابّا۔ میانہِ سِرٕ بوج ابّا"۔ مےٚ دِژ کرٛکہٕ۔ پۄز ابس أس کرتام زیٛو کلیاہٕ ژ۔ تہٕ أتھی ستی دیُت ابن امانتھ۔

☆☆☆

## وصیتھ

رانی أ س مأ لی ہنٛز لاش پھسکن پیٛٹھ۔ تس أ سی وتہِ پکان گیری دکہٕ یوان۔ تمہِ اوس زن تہِ عأ رقہٕ وانہِ گُسل کوٚ رمُت۔ کمزور شانن پیٛٹھ مأ لی ہنٛز لاش پکناوان وأ ژ سو پنچایت گرٕ کس آنگنس منٛز۔ ڈٕ چھِنی کھوٗ رنظر ترأ وِتھ وأ ج تمہِ مأ لی ہنٛز لاش پھیکیوٚ پیٛٹھ بون تہٕ ترأ وِن وارٕ وارٕ پنچایت گرٕ کس ورنٛدہس پیٛٹھ۔ تمہِ مژروو کفنس گنٛڈ تہٕ ڈٕبکس میٹھ وارا کٔرِتھ تھوٗ ن بیٛیہِ گنٛڈ کٔرِتھ۔ رانی کوٚ رمأ لِس کھورٕ نتھس چرِ گنٛڈ یُس شاید ڈیوٚ ل گوٚ مُت اوس۔

فراق دامنہٕ ہتی عأ رق ووتھرأ وِتھ تُج رانی دُبارٕ مأ لی ہنٛز لاش پھسکن پیٛٹھ تہٕ لُج تھکہٕ تھکہٕ پکنہِ۔ اوڈمیل کس سفرس لوٚ گ تس برابر اکھ گأ نٹہٕ۔ یوٚ تام سو آورٕ ننِش وأ ژ۔ تمہِ ترأ و لاش وارٕ وارٕ پتھر پتہٕ مژروو تمہِ ساڑِہنٛز لوٗ نٹ یتھ منٛز پُژنأ یتھ پوٗش أ سی۔ تہٕ کوٚ رُن مأ لِس پوٗشہٕ ورشُن۔

رانی کوٚ رآورینٛی منٛز اَڈٕ دوٗد زیُن جماہ تہٕ ترأ وِن وارٕ وارٕ مأ لی ہنٛز لاش پیٛرِ پیٛٹھ۔ پیٛٹھٕ ترأ ونس ہوٚ چھمژ کاٹھٕ گیٛڈ وہرأ وِتھ۔ تمہِ زأ ج تُج ہوٚ کھس زِنس گونڈُ ن جلاو۔ رانی روٗ ز برابر توٚ تام پیٛرِ أ نٛدی أ نٛدی طواف کران یوٚ تام لاش ڈٕ زِتھ سوٗ رگوٚ و۔

یہ کربناکھ منظر ڈیٛشِتھ آو مےٚ تصوٗ رکس کاینا تس بنٛیل۔

''یتہِ چھا بنان...... یٛیلہِ عٔلمک سِر یہِ پرٛتھ ظلماتس گاشراوان چھُ...... یٛیلہِ



انسأ نی قدرن human values ہنٛدِ حوالہٕ پرٛتھ دوہ سمینار، ڈبیٹ بیترِ سپدان چھُ ! تمہٕ سنسکار کوٚ ت گے۔ یہ واقہٕ وُچھِتھ آسہِ انسأ نیتھ شرمسار!''۔

بہٕ اوٗس ویرِ وارس منٛز بہِتھ بیٛیہِ تہِ خبر کیاہ کیاہ سونچان۔ یوٚ تام مےٚ سوچس انٛدر رگوڈے روو!

''سوچہٕ سٔدرس کٔمی لوٚ ب ازتام تار...... خأ ...... خأ ۔ خأ ری چھا۔ مےٚ گوٚ و کوٗ ت کال چانہِ حرکژ ژرژان''۔ ویر جی یٛن وٚون مےٚ حأ رتہٕ سان۔ یُس ڈوٗ نکلِس ژھایہِ مےٚ نکھے بہِتھ اوس۔ ویر جی اوس تٔتھی محلس منٛز روزان یتھ منٛز رانی روزان أ س۔ دوٗنوے أ سی میانے گاہکی بسکین در۔ ویر جی یٛن اوس میانہِ ماجہِ ببِ دوٗد چیٛومُت۔ لہٰذا اسو مےٚ یہ دوٗدٕ بوے تہِ۔ پتہٕ گے أ سی یکوٹہٕ بالغ تہٕ یکوٹہٕ گے ملازمت نِش فارغ تہِ۔ پتہٕ کوٚ رمےٚ ہجرت گامہٕ منٛز۔

''ویر جی! بہٕ کوٚ رنس رانی پریشان تہٕ پراگند!''

''کیازِ......!''؟ ویر جی یٛن پرژھ مےٚ تعجبہٕ سان۔

''ون نہٕ اَسمانہٕ کھمبرِ تہٕ اِدٕ کیاپ! رانی بچارِ أ نی کُنے زنہِ مأ لی ہنٛز لاش پھیکین پیٛٹھ تہٕ پانے کوٚ رنس دٕہ سنسکار۔ زَن تہٕ بستی ہنٛدی لُکھ چھِ سأ ری موٗ دٕمتی''۔

''شمبو ناتھ اوس ذٔلت۔ ہا گوٚ و خبر چھَنہٕ''۔ ویر جی یٛن وٚون مےٚ خشمہٕ ہوٚ ت۔

''پتھ کیاہ گوٚ و...... شمبو ناتھ اوس أ خر انسان۔ بیٛیہِ تہٕ اوس توہہِ ہمسایے'' مےٚ

وٚون ناراضگی ہُند اظہار کران وېر جی لیس۔

''شمبو ناتھ اوس تموگنی...... یِمہٕ مألی پٲتھر چھِ ناستیک پادٕری کوٚر اعلان۔ یِنہٕ کانٛہہ اکھاہ شمبو ناتھ نہٕ لاشہِ نکھٕ گژھِ۔ کانٛہہ تہٕ بٹہٕ یا ہٹنٛز گژھِ نہٕ رانی برٛونٛہہ کُن۔ نہ گژھِ تٔمی سٕنزِ کورِ رانی پٔٹ دِنہٕ یِنہٕ۔ یُس اکھاہ خلاف ورزی کرِتس خلاف یِیہٕ تِتھے پٲٹھی سوشل بایکاٹ کرنہٕ یِتھٕ پٲٹھی یِمن مألی پٲتھرن دٚون خلاف برونٛہے سوشل بایکارٹ کرنہٕ آمُت اوس''۔

''مگر رانی چھےٚ تھٔز تعلیم پٔرمژ۔ سو چھےٚ أکِس جان عہدس پیٹھ کأم کران!''۔مےٚ وٚون وېر جی لیس۔

''خبر چھَم...... بہٕ کیاہ اورُکے چھُسا۔ اِدٕ چھَن تھٔز تعلیم پٔرمژ۔ اِدٕ چھےٚ جوان! اِدٕ چھےٚ بٔڈ ملأزم۔ پڑر چھُ یہِ زِ یِمہٕ مألی پٲتھر زٕ چھِ تموگن۔ یوٚ تام نہٕ رانی پنٕنٛز ذات ترایہِ۔ تس سٕتی روزَن یِمے معاملات سپدان۔ تس خلاف روزِ سوشل بایکاٹ جأری''۔

''مگر دھرم چھُنہٕ یہ ہیٚچھناوان۔ پرٛتھ دھرم چھُ انسأنیتھ ونان''۔ مےٚ وٚون وېر جیس۔

''ژےٚ نش ما آسہِ دھرم لفظس یِہے تفسیر۔ اَسہِ نِش چھُ ییٚچ زأ ژٕ سٕتی تعلق تھاون وول کانٛہہ تہِ شخص بأغی! تس سٕتی کُنہِ تہِ قسمُک رأبطہٕ تھاون وول چھُ پاپی''۔

''وېر جی! تٮ۪لہِ چھا رانی بچارِ یِتھے پٲٹھی ظلمات کِس آوِلنس منٛز زندٕ روزُن! ظلم تہِ کأتس کالس؟''



''یوٚ تام نہٕ رانی پنٕنٛ وراثتی عقیدٕ ترأوِ تہٕ ادرمی بنہِ''۔ وېر جیٚین دیُت شرارتہٕ سان جواب۔

امہِ پتہٕ دراو وېر جی ہٹھدِتھ گرٕ کُن۔ مےٚ تہِ یام گرٕ کُن نیرٕنچ سکھرٕ کٔر مےٚ پیٚیہِ اچانک ویروارس کُن نظر۔ مےٚ وُچھ رانی بونہِ بۆلٕس گوڈس تل کہتام دِنان۔ بہٕ آس ٹِکے تس نکھٕ تہٕ پرژھمس۔

''رانی! ژٕ کیا چھکھ یِتھ بونہِ بۆلٕس گوڈس تل دِنان؟''۔

''بہٕ چھَس پتاشری سُند سوٗ ریتھ بونہِ بۆلٕس تراوان۔ یا کہِ یِتھ بونہِ بۆلٕس لگہِ جہار۔ پتہٕ آسن تاوٕ دۍ مٕتی لُکھ یِتھ بونہِ شہجارس تل ہِتھ عأرق شہلاوان۔ لُکن واتہِ آرام۔ مےٚ چھُ پتاجیٚین پران تراوان یِہے تلقین کوٚر مُت۔

☆☆☆

# ماتا

تمہِ دوہ یِیلہِ کنیا لالنۍ کوٚ رسرِ پیٹنگ مقابلس منٛز اول آیہ، یُد بزتہِ سأرسے علاقس منٛز زن ژوندریاو عرفہٕ۔ مٹھأے کیاہ، پوشہٕ مالہٕ کیاہ، نقد کیاہ، جنس کیاہ گرجا کماری کنیا لالنۍ خاندرایٚنۍ پوٚش نہٕ رٹنس۔ یہ مقابلہٕ اوس دراصل tallent hunt پروگرامس تحت منعقد کرنہٕ آمُت۔ یتھ منٛز دُرس صوبہٕ کِہن گرلز ہایر سیکنڈری سکوٗلن منٛز زیرِ تعلیم کُہمہِ جمأژ ہنٛز وکوریوٚ شرکت کٔر۔

سرِنۍ پیٹنگ اَس سیاہ چوٚ ہسکی پأٹھی وُچھن والیٚن ہُندظون چوٚ سان۔ سرَن اوس بذأتی نانہِ ہنٛز تصویر فریمس منٛز تمہِ انمانہٕ وو تلأ وہٕژ زِبےٚ رنگ اَستھ تہِ اَس سو پنُن شاندار ماضی تہٕ پنُن کربناکھ حال بیان کران۔ نانہِ اوس مستس زن تہِ بادام پھُلے گرٛکھ۔ روے اوس زن تہِ سفید اوبرِ تھنگِس منٛز گُپتھ سِر یہِ گھان! اَتُمی ہٕشدٕہن کمزور شانن پیٹھ اوس ہاری پربت قلعہٕ پنُن شاندار پوٚت کال یاد پاوان۔ تس اوس چشمن منٛز ڈل وُٹسی گوٚمُت!

دوٚ تہِ اَسس جایہِ جایہِ گگ گأمتۍ۔ تس اوس رِنیامتِس وَچھس پیٹھ دفون ژمٹیامتہِن امبری ژوٚنٹہِن منٛز باگ زخم رِسان۔ سو اَس نِتھہٕ ننہِ زمینہٕ پیٹھ ہتھ بےٚ توٚ ژھ اَتھن منٛز خألی تھال ہٹھ دِیان۔ پیٹنگ اوس بونہِ کنہِ دائِمنکس کوٗنس تل 'ماتا' لِکھِتھ!۔



کالُک بتہٕ کھٔبتھ ترأ وسرَن مأٖلِس ماجہِ بروٚنہہ کنہِ سو پیٹنگ یتھ انعام میوٗلمُت اوس۔ پیٹنگ وُچھِتھ لوٚگ دوشوٕنی بأژن نظرن درسہٕ۔ سونچہٕ صفس لوٚگُتھ مہرِ۔ حأرٕتکس ناگس لُجِھ وُزِنی!۔

''یہ...... یہ۔ یہ کوسہٕ چھےٚ......!''؟ گرجا کماری پرژھ حأرأنی سان کورِ۔

''ماتا ......my beloved grand mother''

''ژےٚ......ژےٚ چھَیا پننۍ نانی میون مطلب ماتا یُزٕ''؟۔ مأٖلی پرژھ کورِ تعجبہٕ سان۔

''YES.. YES......ڈیڈی''۔

''ژےٚ......ژےٚ چھَیا سوزانٕہہ بُتھ وُچھمٕژ''؟

''آ......آ......ڈیڈی......تبلہِ اَسس بہٕ لوکٹ I mean تبلہِ اَسمس بہٕ تھأڈس پران''۔ سرَن دیُت مأٖلِس اَسان اَسان جواب۔

''اوہ......!''۔ کنیا لالن ترووبِڈ بوٚ ڈُے ووش۔

''پتہٕ اَس ماتامےٚ کھوٚنہِ منٛز بتہٕ آپراوان......ژےٚ اَسے توٚ تام وُزس منٛز وُچھان روزان یوٚ تام ژٕ ڈیوٗٹی نیرِ ہکھ۔ ڈیڈی جی! مےٚ چھُ ازتہِ یاد۔ شامس ژورِبجہِ پتے اَس ماتا گیٹس پیٹھ ژےٚ وتہٕ گاران۔ یوٚ تام نہٕ ژٕ گرِ گیٹ اندراژ ہکھ ہاشاکلا توٚ تام اَس نہٕ سو اندر اژان۔ پتہٕ اَسے ژےٚ ڈبکس میٹھی وارا کران تہٕ اَسے ونان......''کنی! مہٕ تکُھ سون بٔنہِ نےَ۔ میأنی وأنس لگٔنےَ چھَپہِ۔ میأنی رُم رُم لگی نےَ

بلایہِ۔ وارِ روزُم کنی۔ دۄ ارتھی دِہم پگاہ نکھ۔ تس اوس نہٕ ژٕ رے بغأر میٚونڈ تہٕ وسان!......
مےٚ چھُ یۄتےٚ یادٕ"۔

"ژٕے......ژٕے کنہِ چھے ازتام تٔمی ہنٛز شکل یاد؟ ژٕے کتھٕ پأٹھی بنأوِتھ ماتایہِ ہنٛد ہۄبہو تصویرٕ؟"۔ گرجا کماری پرژھ کورِ پکہٕ سوال۔

"ماما! مےٚ کوٚڈ البم منٛز تٔمی سُند فوٹو۔ تمے دوہ ییٚلہِ مےٚ توہہِ نش تٔمی سِند راونچ خبر ہۄ ز۔ سہٕ فوٹو چھُ مےٚ ازتام پانس نش رٔژھرأوِتھ تھووُمت۔ ڈیڈی جی۔ جی آپ سے ایک سوال پوچھنا چاہتی ہوں"۔

"پرژھ کیاہ چھے پرژھُن"......مألی دوپس پیارٕ سان۔

"سو ماتا کیازِ رأو......ژٕے کیازِ ژھأنڈتھن نہٕ سو۔ ژٕے......ژٕے کتھٕ مٔشرأوِتھن پننٕز ماتا! I mean after all she is your mother......"۔

سوال ہۄ زِتھ گٔنڈ کنیالالن کورِ کُن کُنی مدعے۔ تس گے الفاظ وٹھن پیٹھ رأسی۔ جواب آسنہٕ باوجۄد تہٕ گوٚو سہٕ کورِ نش لاجواب۔ گرجا کماری أس فقط نمترٕ کان۔ باضے وُٹھ ژاپان۔ تس أسی بار بار وُٹھ خوشک گژھان۔ سو گٔر کورِ ہندی سوالن چورتہٕ۔ تس گوٚو سوچہ شُنیاہ۔ کورِ ہُند توجہ ڈالنہٕ باپت کوٚڈ کنیالالن ؤلی ؤلی پٔرسہٕ منٛز ساس روپیہ تہٕ کوٚرُن سرس ڈبکس میۄٹھ کٔرتھ پیش۔

"ووتھ...... ووتھ لگے کر ووٚنی آرام۔ پگاہ چھے سُلے سکوٗل واتُن"۔ گرجا کماری ووٚن کورِ۔



سرن تھأو پیٹنگ مألی سِندس بیڈروٗمس منٛز تہٕ پانہٕ ژأیہِ پننس کمرس منٛز شونگنہٕ باپت۔

یہ اوس ہأرُن رتھ۔ سرِ یہ اوس لایہِ توان، ژھایہِ بڈکان۔ سکوٗل انتظامیہن نیوٗ پکنک گژھنک فأصلہٕ۔ 'اولڈ ایج ہوم' گے جاے طے۔ تہٕ 16/جون تأریخ گوٚو مقرر۔ سارِوے کوریو کوٚر اولڈ ایج ہومس منٛز روزن وألین ہِند باپت گِفٹ تیار۔ پیٚیہٕ تھووُکھ یہندِ باپت موٗژ وٹ بیترٕ تہٕ تیار۔

16/جوٗن دوٚہچہ اکہِ بجہ وأژ سکوٗل بس گٔہمہ جمأژ ہِنٛز کورِ تہٕ سٹاف ہتھ اولڈ ایج ہوم کس صحنس منٛز۔ اولڈ ایجھومس منٛز روزن وألی بزرگ مرد تہٕ زنانہٕ أسی برونٛٹھے لانس منٛز انتظارس۔ تکیازِ تِمن اوس بروٚنہے اطلاع دِنہٕ آمُت۔ لانس منٛز کھور تراوانے پیٚیہ سرٛس أکِس بزرگ زنانہِ پیٹھ نظر۔ یوس روِیس پیٹھ زندگی پھٕرنگان أس۔ یوسہٕ تٔمی سِندس لاشعوٗرس منٛز وارِیاہ کالہٕ پیٹھ بُستھ أس۔

سرن رٔٹ ماتا نالہٕ متہٕ تہٕ تس لٔج بے اختیار چشمن ؤہراتھ۔

☆☆☆